(۱۳۳)

پرٛناٹے پان ییٚمہٕ سوٚم مون

ییٚمہٕ ہیوٚ مون دِن کھو راتھ

ییٚمہِ سے اَدٕے من سانٛپُن

تٔمی ڈیوٚٹھُے سُرگُرٕ ناتھ

تَے

(۱۳۴)

اَبھیاسی سَوِکاسی لیہِ ووٚتھوٚ

گگنس سگُن میوٚل سمہِ زٕرٛتا

شوٚنٛز گوٚل تہٕ اَناسے موٚتوٚ

یوٚہے دوپدیش چھُے بٹا

(۱۴۳)

یگانے اور بیگانے کو جس نے ایک سا جانا
نہیں جس کی نظر میں امتیازِ روز و شب کچھ بھی
دوئی سے دل ہوا آزاد جس کا دارِ ہستی میں
وہی اس شاہِ شاہاں کا ہے بس پہچاننے والا

نوٹ :- دن سے مطلب شادمانی کا دن اور رات سے مطلب غمگینی کی رات ہے۔

(۱۴۴)

| | |
|---|---|
| اَز پسِ مشق مدید | ہوتے ہیں جب ناپدید |
| سب یہ پدید و عیاں | جو نہیں غیر از گمان |
| ہوئے گُم اندر اثیر | سارے صغیر و کبیر |
| اور یہ اشیاء تمام | پاتی ہیں تحلیلِ تام |
| ہوتی ہے گُم کائنات | رہتی ہے بس ایک ذات |
| یاد رکھ اے برہمن | ہے یہی سچا بچن |

نوٹ : کائنات سے یہاں وسیع عالمِ مخلوقات مُراد ہے۔ ایک باشعور عبادت گذار کے نزدیک یہ کائناتِ الٰہی کا ایک اضافی ظہور ہے جو پھر اسی میں جذب ہوجاتا ہے۔ انسان کی روح محدود انفرادیت گُم کر کے لامحدود ذاتِ حق میں فنا ہوجائے تو عبادت گذار کا مقصد پُورا ہوجاتا ہے۔

۲۰۲

(۱۲۵)

واکھ مانٛس کوٚل اکوٚل نا اَستے

ژھوپہٕ مُدرٕ اَتہٕ ناپژویش

روزان ژھوٗشکھتہٕ نا اَستے

موتہٕ سیٚے کُنٛہہ تہٕ شے وویدیش

(۱۲۵)

نہیں رہتا خیالِ قلب یا حرفِ زبان باقی

سکوتِ دل کا عالم بھی نہیں رہتا وہاں باقی

وہاں کب دخل کچھ حرکاتِ رسمی کے عمل کو ہے

نہ شو ہی پایا جاتا ہے نہ پائی جاتی ہے شکتی

جو کچھ رہتا ہے پھر باقی وہی اپدیش ہے میرا

نوٹ :۔ 'وہاں' سے مطلب ہے ذاتِ افضل میں۔

سکوت یا اس قسم کی اور کسی چیز سے براہ راست اس تک رسائی نہیں ہو سکتی۔ ان کے ذریعے سے زیادہ سے زیادہ من کی معرفتِ ذات تک رسائی ہو سکتی ہے جس سے وصالِ حق ممکن ہے۔ ذاتِ حق "شو شکتی" بھی نہیں۔ کیونکہ ان "تتوں" میں بھی صورت اور نام کے علامات پائے جاتے ہیں۔ ذاتِ حق میں یہ دو چیزیں بھی نہیں ہیں۔ شیو درشن یعنی فلسفہ میں اسکو "پرم شو" کہتے ہیں۔

(۱۳۶)

ژٕنا لوٗنا دسییے نا دھیان

گوو پانَے سرٕو کرٕے مُشتھ

اَنیو ڈیوٗ ڈھکھ کینژھ نا اَلوٕسے

گےٚ سَتھ لیٚہ، پَر پِشتھ

ا گےَ۔ بھاسکر نمبر ۵۹۔ "وُچھو تمی سُند مانے چھُ صاف تہٕ بینہٕ وُن۔ سَطرِ چھےٚ گےَ سَتھ لیٚہ، پَر پِشتھ" مقابلہ چھُ انین، نابیناہَن۔ لاعلمَن تہٕ پرتین (سَتھ زَنَن) یِم پرٕ (سارنٕے بالاترس) وُچھتھ (پِشتھ) تسٕے مرتوٗ لیٚہ گے۔ اُدٕ بچارٕ کیاہ وُچھِن؟ "سَتھ" گوو تہٕ "سَتھ عالم" "سَتھ زَن پرٕتی تہٕ پاک"۔

گریرسن "سَتھ" کا معنی سات عالم کے لیتا ہے۔ جو یہاں بمقابلہ بھاسکر کے معنی (یعنی ست جن پہونچے ہوئے سنت) کے موزون نہیں۔

(۱۳۶)

نہ میں ہوں نہ تو ہے نہ وہم و گماں ہے نہ ہی دھیان باقی نہ مقصد ہی اس کا
ہوا گم ہے خود خالقِ دو جہاں بھی سراسر اسی عالمِ بیخودی میں
سمجھ میں نہ کچھ بے بصیرت کے آیا کہ یہ کھیل کیا ہے یہ بازیچہ کیسا
مگر جب ہوا محرمِ ذاتِ اعظم
تو نابود تھے ہفت طبقاتِ عالم

گریرسن :- جو کچھ 'ہست' ہے بہر صورت جلوۂ ذاتِ حق ہے۔ لہٰذا جب نادان انسان اپنی اور تمام مخلوق کی ذات اور ذاتِ حق کی یکتائی سے آشنا نہیں ہوتا اور 'من و تو' یا دھیان اور دھیان کے مقصد میں فرق سمجھتا ہے تو درحقیقت یہ ذاتِ الٰہی کی نمود ہے جو اس کی قدرتِ فریب کاری سے عارضی طور پر محجوب نظر آتی ہے اور اس نادانستگی میں گم ہو جاتی ہے۔ یہ تمثیل اندھوں یعنی ان لوگوں کی سمجھ میں نہیں آسکتی جو اشیاء کی اصلیت سے بے خبر ہیں لیکن جب انسان حقیقت کی تہ تک پہنچ جاتا ہے تمام کائنات اس کی نگاہوں سے اوجھل ہو جاتی ہے۔ اور وہ نجات حاصل کر لیتا ہے۔

سات عالم یہ ہیں: (۱) زمین (۲) آسمان (۳) عرش (۴) طبقۂ درمیانی (۵) عالمِ حیات و ممات مسلسل (۶) قصرِ مسعود (۷) مسکنِ حقیقت ۔

نوٹ ۲ : یہاں بھی بھاسکر کا معنی موزون ہے۔ لفظ "سَتھ" سے سات طبقاتِ عالم مراد نہیں۔ بلکہ یہاں نمایاں طور مقابلہ ہے اُن لوگوں کا جو اندھے یعنی بے بصیرت ہیں۔ اور اُن کا جو بصیرت والے یعنی (ست جن نیک) لوگ ہیں۔ یہ لوگ ذاتِ اعظم کو دیکھ سکتے ہیں۔ اور اُسی ذات میں مل جاتے ہیں ۔

(۱۲۷)

پانَس لاَگِتھ رُوُدُکھ مےٚ ژےٚ

مےٚ ژےٚ ژھانٛڈان لوٗستُم دوہ

پانَس منز یِیلہِ ڈیوٗٹھکھ مےٚ ژےٚ[۱]

مےٚ ژےٚ تہٕ پانَس دِتُم ژھوہ

[۱] " جانَس منز یِیلہِ روٗٹُھکھ مےٚ ژےٚ " وُچھو " بی بی للہ عارفہ " تہٕ " تاریخ کبیر

(۱۲۸)

ژیٚتھ نوٗوُے ژندرم نوٗوُے

زَلہٕ مےٚ ڈیوٗٹھُم نوٗم نوٗوُے

ییٚنہٕ للہِ مےٚ تَن مَن نوٗوُے

تیٚنہٕ للّ بو نوُم نوٗوُے چھَس

(۱۳۷)

ذات میں اپنی سما کر خود تو پنہاں ہو گیا
اور نگاہوں سے مری تو سر بسر اوجھل رہا

جستجو میں تیری سارا دن ہوا میرا تمام
لیکن آخر تجھ کو میں نے اپنے اندر پا لیا

پھر مسرت سے کچھ ایسی مجھ پہ مستی چھا گئی
ساتھ تیرے جھومتی کرتی رہی اٹھکیلیاں

نوٹ :- ابتدا میں لل اپنی ذات کو ذاتِ حق سے الگ سمجھتی تھی۔ بعد میں جب اسے معلوم ہوا کہ ہم دراصل دونوں ایک ہیں تو اپنے آپ کو ذاتِ حق کے ساتھ واصل پاکر اُس پر وجدانی کیفیت طاری ہو گئی۔

۱۳۸

دیکھتی ہوں روح کیا اور چاند کیا
نو بہ نو صورت میں دونوں رونما

دیکھا میں نے یونہی جب بہنائے آب
دمبدم، لحظہ بہ لحظہ تھا نیا

تن بدن کو اور من کو صاف و پاک
جب سے اسے لل میں نے بالکل کر لیا

پاتی ہوں اپنی حیاتِ مغتنم
نو بہ نو تازہ بتازہ دمبدم

نوٹ : قدرت کے مناظر ہر دم بدلتے رہتے ہیں۔ چاند ہر دم نیا ہے بلکہ ساری کائنات جو مستحکم اور نہ بدلنے والی معلوم ہوتی ہے۔ وہ بھی بدلتی رہتی ہے۔ مگر انسان ہے جو ماضی اور مستقبل کی دنیا میں رہتا ہے، حالانکہ غور سے دیکھا جائے تو انسان کا شعور بھی بدلتا رہتا ہے۔ مگر چونکہ انسان ماضی کی یادوں اور مستقبل کی جھوٹی آشاؤں سے آزاد نہیں ہوتا۔ وہ زمان و مکان کی قید میں پھنسا رہتا ہے۔ لل اب ان قیود سے آزاد ہے اور ہر لمحہ نئی ہے۔ اُس کے لئے اب نہ ماضی ہے نہ مستقبل۔

(۱۳۹)

پٕہ پٕہ کرٕم کوٗرٕم سُہ اَرزُن

پٕہ زَسنہٕ وٕہ ژوٗرٕم تی مَنتھر

یوٗسے لوٗگمو دٕہَس پرژُن

سُے پٕہ پرَمہ شوٗن تَنتھر

قَل دیدکاشوہر:۔ (۱۴۰) (ل)

سرٕیَس ہیوٗ نہ پرٕکاش کُنے

گنگِہ ہیوٗ نہ تیرتھ کانہہ

بأیِس ہیوٗ نہ باندَو کُنے

زنہٕ ہیوٗ نہ سوکھ کانہہ

(۱۳۹)

میں نے کیا جو کام عبادت سے کم نہ تھا
نکلی جو بات منہ سے وہ منتر سے کم نہ تھی
ہر رنگ تھا بدن کا اسی بات کا گواہ
منتر جو 'پرم شو' کا ہے اس کا ہے یہ نچوڑ

(۱۴۰) (۱)

روشنی جیسی ہے سورج میں کسی شے میں نہیں
جیسا تیرتھ رودِ گنگا ہے کوئی ویسا نہیں
بھائی سے بڑھ کر کسی کا رشتہ ہو سکتا نہیں
دیتی ہے سکھ جیسا بیوی کوئی دے سکتا نہیں

(ب)

روشنی جیسی ہے آنکھوں میں کسی شے میں نہیں
اور ٹانگوں کے برابر کوئی تیرتھ ہے نہیں
جیب اپنی تو سمجھ لے سب سے بڑھ کر رشتہ دار
دیتی ہے سکھ جیسا چادر کوئی دے سکتا نہیں

(ج)

روشنی جیسی ہے عرفان میں کسی شے میں نہیں
جذبۂ عشقِ حقیقی سا کوئی تیرتھ نہیں
ذاتِ حق جیسا نہیں دُنیا میں کوئی رشتہ دار
سب سے بڑھ کر سکھ کا باعث ہے فقط خوفِ خُدا

(ب)

سدھ مول:-

اُچھن ہیوٗ نہٕ پرٛکاش کُنے

کوٗٹھن ہیوٗ نہٕ تیرتھ کانہہ

چنٛدس ہیوٗ نہٕ باندَو کُنے

کھنہِ ہیوٗ نہٕ سوکھ کانہہ

(ج)

لل دید:-

ماپہِ ہیوٗ نہٕ پرٛکاش کُنے

لیپہِ ہیوٗ نہٕ تیرتھ کانہہ

دَیِس ہیوٗ نہٕ باندَو کُنے

بَیِس ہیوٗ نہٕ سوکھ کانہہ

نوٹ :- روایت ہے کہ یہ مناظرہ لل دید اور اس کے گورو سِدھ مول کے درمیان ہوا تھا۔ جس میں پہلا واکھ لل دید نے کہا اور دوسرا سدھ مول نے ۔ اس پر لل دید نے تیسرا واکھ کہکر سِدھ مول کو لاجواب کر دیا۔ ایک اور روایت یہ ہے کہ پہلا واکھ بابا نصر الدین نے کہا۔ وہ شیخ نورالدینؒ کے خاص مُرید تھے ۔ دوسرا شیخ نوُرالدینؒ نے فرمایا اور تیسرا واکھ لل دید نے ۔ یہ بھی کہا جاتا ہے کہ پہلا واکھ لل دید کے شوہر نے دوسرا سدھ مول نے اور تیسرا لل دید نے کہا ہے ۔ کہتے ہیں کہ لل دید کا شوہر سِدھ مول کے پاس اس غرض کے لئے گیا کہ وہ اُس کے ساتھ جا کر لل دید کو سمجھائے کہ وہ گھر واپس چلی جائے۔ اور یہی مجھے قریبِ قیاس معلوم ہوتا ہے ۔

(۱۴۱)

دِہچہِ ژٕر دارِ بٔر ترٛوٚپرٕم

پرانہٕ ژوٚر روٚٹُم تہٕ دُیتمَس دَم

ہرٕ دِیچہِ کوٗٹھرِ اَندر گوٗنڈُم

اوہکہِ چوپکہِ تُلمَس بَم

نوٹ :۔ وُچھوتٕل دیدٕ سپیشل نمبر کوشُر سماچار صفحہ ۱۲

(۱۴۲)

تُہتھٕ کیا جان چھکھ وونہٕ چھُے کُنی

اَچلِچ کتھ زاہ سُنی نو

پرٛان لیکھان وُٹھ اوٚنگچ گٔجی

اَندرِم دُپی زاہ ژٔجی نو

نوٹ :۔ وُچھو لوٗز نامہٕ ۱۵۰ تہٕ ۱۵۱ تہٕ آنند کول ۹

(۱۴۱)

جسم کے در اور دریچے بند میں نے کر دیئے
اور دُزدِ نفس پر مسدود کی راہِ فرار
دِل کے خلوت خانے میں پھر باندھ کر رکھا اُسے
"اوم" کے چابک سے پیٹا خوب اس کو بار بار

نوٹ: دُزد یعنی چور سے مُراد دُنیاوی ترغیبات اور ہوا و ہوس ہے۔

(۱۴۲)

دیکھنے میں تیری صورت دلفریب دل تیرا پتھر سے لیکن کم نہیں
بات حق کی تجھ کو نامقبول ہے
پڑھتے پڑھتے لب تیرے اور انگلیاں لکھتے لکھتے ہو گئیں فرسودہ سب
پر ہوئی دِل سے دوئی تیرے نہ دُور

(۱۴۳)

لبکہ تہٕ تھوکہٕ پیٹھ شیرِ ہیٚشرَم

نبٕتدا سَپنِم پَتھ برونٹھٕ تانٛ

لَل چھُس کل زانِہ نو ژھینٛم

اَدِ ییٚلہِ سَپنِس وینٛہیے کیٛاہ

نوٹ :- وُچھو آنندکول ع ۳۵

(۱۴۴)

نفسے میون چھُے ہوٚستے

اَدٕ ہستی موٚنگنَم گرِ گرِ بَل

لُچھہِ منٛزٕ ساسہ منٛزٕ اکھا لوٚستے

نَتہٕ ہیٚتی نَم سٲری تَل

نوٹ :- نولز تہٕ گریرسن ضمیمہ وُچھو نولزنامہ ع ۱۲۷ تہٕ وانچو ع ۱۲۰

(۱۴۳)

تھوکا کسی نے مجھ پہ تو گالی کسی نے دی

ماضی سے حال تک یہی حالت مری رہی

پر شوقِ وصلِ حق میں نہ کچھ بھی کمی ہوئی

جب ظرف پُر ہو اسمیں سمائے کوئی کہاں؟

(۱۴۴)

نفس نے اپنے کیا ہے مُجھ کو کیا خوار و ذلیل

ہے طلبگارِ خورِشش ہر دم یہ مُجھ سے مثلِ فیل

بچ کے نکلے اس سے کوئی ہے کسی کی کیا مجال

غالب آ کے کر دیا سب کو ہے اس نے پائمال

بچ کے نکلا اس کی زد سے کوئی ہو لاکھوں میں ایک

(۱۴۵)

دَمہٕ دَمہٕ اومکار مَن پَرہٕ نووُم

پانے پَران پانے بوزان

سوٚہم پَدَس اہم گولُم

تیٚلہِ لل بہٕ واٚتِس پرٚکاشتھان[ل]

[ل] لامکان۔ وِچھو آنند کول ۱۳

(۱۴۶)

لوٚلُک نار للہِ لولہِ للہٕ نووُم

مَرِتھ موٚیَس تہٕ روٚزِس نہٕ زرٚے

رَنگہٕ رزِھ ذاتھسے کیاہ نہ رنگ ہووُم

بوذِپُن تزولُم کیا سَنہٕ کرَے

(۱۴۵)

اپنے من کو برسوں 'اوم' کی تعلیم دی
خود ہی میں پڑھتی رہی اور خود ہی سنتی بھی رہی
تب کہیں میں عالمِ انوار میں داخل ہوئی
حذفِ انا الحق سے کیا لفظ 'انا' کو یک قلم
'ھو' کے آگے کر دیا اپنا سرِ تسلیم خم

نوٹ:- "سوہم" میں وہ ہوں"۔ "اہم" میں ہوں" یعنی انانیت

(۱۴۶)

تن بدن میں اپنے نارِ عشق کو
میں نے ہم آغوشِ صبرِ دل کیا
پا گئی مرنے سے پہلے ہی وفات
گم فنا میں کر چکی اپنی بقا
ذات میری اصل میں بے رنگ تھی
رنگ اس میں ہر طرح کا بھر دیا
'میں ہوں' کہنے سے ہوئی میں دلکش
اس سے بڑھکر اور کر سکتی میں کیا

(۱۴۷)

راوٕ منزٕ راوُن رووُم

رٲوِتھ اَتھِ آلیَس بھوٕ سَرٕ

اُسان گِندان سہزٕ پرووُم

دیپٕنےِ[1] کوٗرُم پانَس سَرٕ

[1] 'دیپنے' (کٲنہ ہند دِیتۍ ورٲے پانے)
'دیپتے' یہ دُوٗمُت چھُکھ یہ (رٲحانی کتابن بیترِ منتر) وَنہٕ آمُت چھُ۔
نوٹ:۔ وُچھو وانجٕ ۱۸۵ تہٕ ۱۷۸۔ آنند کول ۴۷

(۱۴۸)

ڈٕمی ڈیوٗٹھُم شبنمَ پھوان

ڈٕمی ڈیوٗٹھُم پھوان سوٗر

ڈٕمی ڈیٹھُم اَرٕ گٹہٕ راتَس

ڈٕمی ڈیوٗٹھُم دوٚہَس نوٗر

(۱۴۷)

گُم ہوئی گُم گشتگی میں کیا کہوں
گُم یہ ہونا بھی تماشا ہو گیا

کر کے گُم خود آپ کو اس دہر میں
جلوہ میرا پھر ہوا ہے رونما

ہنستے ہنستے کھیلتے پھر شوق سے
ذاتِ حق سے جا ملی ہیں برملا

بات یہ تحقیق اپنے حق میں کیا
پا گئی ہیں دل کا اپنے مُدّعا

(۱۴۸)

دم میں جمتی شبنم دیکھی دم میں دیکھا پڑتا پالا
دم میں دیکھی رات اندھیری دم میں دیکھا دن کا اُجالا

(۱۴۹)

ڈٕمی آسس لوکٕٹ کوٗراہ

ڈٕمی آسس جواناہ پوٗر

ڈٕمی آسس پھیران ٹھوٗران

ڈٕمی سپہٕنس ڈزِتھ سوٗر

نوٹ:۔ وُچھو نوٗرنامہ ع۲۲۳، واکھ ع۱۲۵، آنندکول ع۱۲۱،
وُچھو ترشو پرٚنے کرشن رازدان۔ یہِنز یِم بیٚتھ زٕ واکھ آہت چھہ۔

(۱۵۰)

کینژَن دِژ تھَم گُلالہٕ ییٚژے

کینژَن زوٗتُھ نہٕ دِنٕس وار

کینژَن ژھنٕ تھَم ناٗلی برٕہمہٕ ہیٚژے

بھگوانٕہ چانہٕ گرٕژ نمسکار

نوٹ:۔ وُچھو گریرسن ضمیمہ ترٕ نوٗلز

(۱۴۹)

تھی میں ایک کمسن سی دختر دم میں جوانی کو جا پہنچی

چلتی پھرتی تھی میں اب تک ہو گئی جل کر راکھ کی ڈھیری

(۱۵۰)

دیے بعضوں کو تُو نے لالہ و گُل

رکھا بعضوں کو کلیوں سے بھی محروم

کسی کو لڑکیاں ہی لڑکیاں دیں

عجب ہے شان تیری ربِّ قیوم

(۱۵۱)

کینژَن دُیتھَم اورَے آلَو

کینژَو رَچاھِ نالَے وَتھ

کینژَن اُچھ لَجِ مَس چَتھ تالَو

کینژَن یِیتھ گےٚ ہالَو کھتھ

نوٹ ۱:- وُچھو نوٗرنامہ ۲۴۶ یِیتھ منزِ دوٚیِم سطر چھےٚ یِیتھ پاٹھۍ:

کینژَن رٲسی گیہِ نالَے وَتھ

کینژَن مَس چَتھ اُچھ لَجِ تالو

نوٹ ۲:- نوٗرنامہ چھُ بیاکھ پاٹھ یِیتھ واکس سَتۍ تھوومُت ۔

کینژَن دِیتھَم یوٗت کہو توٚتے

کینژَن دُیتھَم یوٚت نہ تہٕ توٚت کیاہ

مٮ۪ے تہٕ چھُ باسان یہِ واکھ گژھِ شیخ العالمنٕٕ آسُن ۔ نوٹ ۱ کِس تَل یِم سطر

چھےٚ تِمہٕ چھےٚ زیادٕ موزوٗن ۔

(۱۵۱)

کچھ تو وہ ہیں جن کو آئی غیب سے تیری ندا

اور کچھ وہ ہیں کہ ہم آغوشِ دریا ہو گئے

بجلی کے سے آنکھیں کسی کی جم گئی ہیں سوئے بام

اور کسی کی پختہ فصلیں کھا گئی ہیں ٹڈیاں

(۱۵۲)

کینژَن رَنہٕ چھےٚ ژٕہج بوٗنی

نیرَو نبرَ شُہل کرَو

کینژَن رَنہٕ چھےٚ بَرٕ پیٹھ ہوٗنی

نیرَو نبرَ تہٕ زنگ کھیٚیوَ

کینژَن رَنہٕ چھےٚ اَدل تہٕ وَدل

کینژَن رَنہٕ چھےٚ زَدل ژھائے

نوٹ؛ وُچھو نوٗرنامہ نمبر ع ۲۴۴ وانجہ ع ۶۵ تہٕ گرٛیرسن ضمیمہ س ژھیے

(۱۵۲)

بیویاں بعضوں کی ہیں مثلِ چنارِ سایہ دار
مایۂ تفریح ہیں وہ لطف ان سے پائیے
بیویاں بعضوں کی گویا مادہ سگ ہیں بیش در
جائیے ملتے تو آئیں کاٹ کھانے کے لئے

بیویاں ہیں بعض وجہِ اختلال و انتشار
بیویاں کچھ جیسے نور و سایہ کا ہو امتزاج

(۱۵۳)

اندر آسِتھ نِبر ژھونڈُم
پوٚن ژگن کرُنم سَتھ
دھیانہٕ گنڈ دِے زٔگہٕ کیول زونُم
رنگ گو سنگس میلتھ کیتھ

ل اندر اژتھ نبر ژھونڈُم ۔ وُچھو آنند کول ع۲

(۱۵۳)

مجھ میں تھا موجود وہ اور یہ مجھے معلوم تھا

پھر بھی میں کرتی رہی باہر ہی پریتم کی تلاش

پا گئیں نفسِ حیاتی سے سکوں میری رگیں

دھیان سے پایا کہ حق کی ہے یہاں میں بود وباش

امتیازِ رنگ و بو ادراک میں جاتا رہا

کیوں نہ ہو پھر غیریت کا پردہ اک دم پاش پاش

(۱۵۴)

سوٗن دراو وٕہنہٕ تہٕ مَل گوو وٕتھہٕ

ییٚلہٕ مٮ۪ے اَنلاہہٕ دُیتمَس تاو

کَتُر زَن گٲیِس لولہٕ وبگِتھ

ییٚلہٕ کٕٹھکوٚش ژٕوٚل نٕشہٕ رَو دراو

لَلہٕ بہٕ روٗزِس تیٚلہٕ شہلِتھ

ییٚلہٕ ژٕرِتَس پیٚوو بوٚتَس ناو

نوٹ:۔ وُچھو آنند کول ۱۵

(۱۵۴)

نکلا سونا آگ کی بھٹی سے نور روشن ہوا
جزوِ آلائش تھا جو کچھ اسمیں سب وہ جل گیا
آگ پر اس کو چڑھایا میں نے جونہی مثلِ یخ
سوزِ جذبِ عشق سے میں خود پگھل کر رہ گئی
جیسے سورج کے نکلتے ہی پگل جاتی ہے برف
اور رہ جاتا ہے باقی چار سو بس آفتاب
جب میں یہ سمجھی کہ مجھ میں بھی ہے اُس کا ہی ظہور
پھر سکونِ قلب حاصل ہو گیا یہ جان کر

(١٥٥)

ست سنگے پوٗتر دوٗرُم

نوِ ئٹز روٗزِس ترٛوٗپرتھ بٔر

دٔشہِ دٔشمی دوار پٔرزنووُم

اکا دٔشہِ ژٔندرٔمس کرٕم سٕے

دوٗ دٔشہِ منڈلہِ دیکھ شوٗمرووُم

ترٛیو دٔشہِ تریبنی تأوُم کاے

ژوٗرٕ دٔشہِ ژوٗداہ بھوَن شمأرووُم

پوٗرِتہ پانٛژ دٔشہِ ژٔندرٔن کوٗرُم ووٗدٕے

اوٗکدوہ بھوگی پان سندوُرم

رٔسہ تہٕ روٗزِس کلین نرأوِتھ

سٕے ہا مالہِ کرُم پوتلین پوٗز

(۱۵۵)

پاک ہو کر ابتدا پوجا کی ست سنگ سے

نویں دن در اور دریچے بند میں نے کر دیے

دسویں دن دسویں مکاں میں کر دیا روشن چراغ

گیارہویں دن چاند سے پیدا شناسائی ہوئی

بارہویں دن کر لئے قابو سبھی 'منڈل' جہات

تیرہویں دن تن کو نربینی پہ کر کے صاف و پاک

چودہویں دن چودہ عالم آئے قبضے میں مرے

پندرہویں دن میں نے دیکھا چاند کو ہوتے طلوع

پھر سنبھالا روزِ اول میں نے اپنے آپ کو

تب ہوئی آزاد فکروں سے، ملی راحت مجھے

بُت پرستی کرنے کا تھا بس یہی میرا عمل

نوٹ:- ان اشعار میں لل دید اُن مختلف مراحل کا ذکر کرتی ہے جو اس نے یوگ کا متواتر عمل کرنے کے دوران میں طے کر لئے تھے۔ اس کا اظہار وہ رمزی علامات کے ذریعہ سے بیان کرتی ہے۔ جن کا تعلق پندرہ روز تک چاند کے بڑھنے سے ہے۔

نوٹ :- یہ چھُنہٕ تُل دِیُن مُند واکھ۔

وٕژن آے کیہنہ کال ۱۹ ہمہٕ صدی ہندِ ہِ پٔتِمِن دٔہلِن تہٕ ۲۰ ہمہٕ صدی ہندِہِ گوڈنِکِین دۄن دٔہلِن منز وَننہٕ۔ اُمی طرزک وٕژن چھُ مشہوٗر وٕژن۔

کُنےٚ چھُکھ تُوے چھےٚ کیوٗل ناو

پٔنیمےٚ سٕرکی پمپوش چھاو

تہٕ اکِہ بیٹھ پندہَن نانٕ چھےٚ پینفٕے پاکٹس بھگوانہٕ ہندِ گونَن ہنز وَکھنےٚ آمٕژ کرنہٕ اوٗکدوہہ بیٹھ یمُن تام۔ یہ چھےٚ مشہور لیلا

اوٗکدوہہ رٕ یہٕ چھُکھ کُنےٚ آسوٗن

اکِہ جوتِ رٕ یہٕ چھُکھ نیتھ باسوٗن

دوٕ یہ لیکھنہٕ چھُکھ شُوشکت روٗپ

پیتھے پانٹھ۔

(۱۵۶)

لاچارِ بچارِ پرٛواد کوٗرُم

ندُر چھُہ تہٕ ہیٚیو ما

پھیرِتھ دُبارٕ جان کیاہ ووٗنُم

پرٛان تہٕ روٗہن ہیٚیو ما

نوٹ:۔ یہ واکھ تہٕ یاکھ واکھ ۱۵۷ چھِ گریرسن
۸۹ تہٕ ۹۰ یِم چھِ بلکُل ہیوٗن ہیٚیوٗ یتھیو
دوٚیوٗ واکو نِش یِم واکھ ہنٛزِ کتابہِ منز نمبر ۵۳
یہ درج چھِ۔ تۄے چھِ یِم الگ لیوان درج
کرنہٕ۔ وُچھیو واکھ ۱۹۸ تہٕ ۱۹۹

(۱۵۷)

پڑان تہٕ رۄہن گٔنِۍ زونُم

پڑان بُزتھ لبی نہٕ ساد

پڑان بُزِتھ کیہنہ تہِ نا کھیٚنہِ

تۄ لۄبُم سوٚہم سادٕ[1]

[1] وُچھِو وانجِو نمبر ۵۳، ۵۲ یُتھِم سطر چھیٚنہٕ صاف، ظاہر گژھ زِ پڑان یعنی یِہ پان (بدن) لوٚزمٕتے۔ مگر یِہ بَزنہٕ (کھیٚسنہٕ چیٚنہٕ تہٕ عاشقو عشرتو سیٚتہٕ) کٔنہِ دراو نہٕ کیہنہ حاصل۔ رۄہن (رُوح) سبھولُم لوٚبُم "ساد"

(۱۵۸)

سیدٕھ مالہِ سدٕھو، سدٕ کٔتھن کَن تھاو

ژٕ دوہ پتھ کالہِ سرَن کیاہ

بالکو، ژٕہ کٔتھو دِن راتھ بُرِو

کال آو گُٹھان تہٕ گرِو کیاہ

نوٹ: یہِ واکھ نٕہ واکھ ۱۵۹ چھِ گریرسن نمبر ۹۱ تہٕ ۹۲

(۱۵۹)

برونٹھ کأٹی آسن ژتھی کیرَن

ٹٔنگ ژوٗنٹھٕ پَپَن ژیرَن ستی

ماجہِ کورِ اَتھواس گرِتھ نیرَن

دوہ دِن یرَن پرٛادِن ستی

نوٹ:- وُچھو نوٗرنامہٕ نمبر ۲۴۴

(۱۶۰)

پہِ کیاہ اَستھ یہِ کیُتھ رنگ گوم

چنگ[۱] گوم ژٕژھ ہُدہُدنے دگے[۲]

سارِنے پَدن کُنۍ وۄکھُن گوم

للہِ مئے ترٛاگ گوم لگہِ کمہِ شاٹھے

[۱] سنگ (وانچو ۱۶۰) ۔ [۲] ۔ دِگے (وانچو)

یِم پاٹھ چھِ تونہِ کینہہ مانے نفوان ۔ مگر پۄزر چھُ یِیزِ یِہ واکھ نہٕ اَمہِ پتہٕ بیاکھ نمبر ۱۶۱ نہٕ چھُ مبہم ۔ یِہنُد مانے چھُنہٕ صاف ۔ وُچھو گریرسن نمبر ۵۴ ، ۵۵ ۔

پارموٗ ۱۸ : ترٛاگ گوو زلوٗ ٹھ گوٚد مطلب زِ لَل دید چھِ وارِیاہ تکلیف ، بدرد چھِس وَنان ۔ ہِش بیترِ ، واٚنجہِ چھِس گنڈی گامتۍ ۔ بوزُن چھُس نہٕ تکان کتھ شاٹھس لگہِ ۔ چنگ ژٹن ، کیا گوو ؟

(۱۶۱)

پۄ کیاہ اُستھ پہ کیُتھ رنگ گوم

بے رنگ کرِتھ گوم لگہِ کمہِ شاٹھے

تالو راز دانہِ اکھ چھان پیوم

جان گوم زانہم پان لٹے پنٔنے

ل وانچو نمبر ۱۷۱۔ گریرسن نمبر ۸۵

(۱۶۲)

دِلک کھرکھرِ منے مالِ کاستم منکہِ کوترے

نرِ لوسم لکہ ہنزِ لرِ لدان

تیلو پانہِ میانیو گڈِ تھ ننے پننہِ گرے

پتہ پتہ نیرِ لکہ ساسا نرِ آلوان

تراوِ تھ ینے منز ماداس ساوِ تھ وچھنہِ لرے

نوٹ :۔ وچھو نولز "کاشر کہاوژ" نمبر ۵۷ تہ گریرسن ضمیمہ۔

(۱۶۳)

آگُرے گرٕوٗزُم ۔ وُگہٕ ولنے ڈوٗر سوٗگُم

اودٕرکرٕ کرٕ پایہٕ زٕگت وُزُم ۔ یورٕ پٔتہٕ کُنہِ منٛے سوٗرُم نو

نوٹ: (الف) یہ واکھ چھُ رمیو پدیش (روپ بھوانی) نمبر ۱۸ ہس تَل درج
میانہٕ اندازٕ نہٕ چھُ یہ روپہٕ بھوانہٕ ہُنٛدے

نوٹ: (ب) واکھ ۱۶۳ بیٛڑ واکھ ۱۹۶ تام چھِ آنند کول ہنٛزٕ "للہٕ یوگیشوری"
منٛز درج ۔

(۱۶۴)

آگُرے رٔنکھ سارٕ سارِ ترٔکھ

اَدٕ کَہٕ موٗڈو پھٔٹکھ زاہ

نوٹ:۔ یہ چھُنہٕ واکھ یہ چھےٚ کہاوَتھ ۔ وُچھِو آنند کول
نمبر ۲

(۱٦٥)

اُرس نیرِ مۆدُر شیرَے

زر وپریس نیبرِ شۆر ناو

مُرکھس پرٕنُن چھُے ہٕسی ترِس کشُن

لیَس ہو مالِ داندس بیٚہہ ژراو

نوٹ:۔ وُچھو آزاد۔ جلد ۲، صفحہ ۱۳۵ تہٕ وایکھ ۱۰۷

(۱٦٦)

برِ نشگس مُشک نو مورے

ہۆنٛ لبتہِ کوفوٗر مُلنہٕ کیاہ نیرے

مَنہٕ یوٗد گوارہن پھیری زیرے

نتہٕ شالہِ ٹُنگے نیری کیاہ

لہ وُچھو نوٗرنامہٕ نمبر ۱۵۲ "من بوٗد گارِن اَدٕ نوسورے"۔ کیاہ سودٕ نہٕ؟ معنی چھُنہٕ صاف۔

(۱۶۷)

سوبہٕ کُل نو دوٚدٕ ستی سَگزٕے

سٕری پیٚنہٕ ٹھوٗلَن درٕزٕ نو کھاہ

یُس یُتھ کُری سُہ تیُتھ سوری

کرٕبرٕے گٕری زٕنہٕ پیٚنَ پان

نوٹ :- وُچھِو آنند کول نمبر ۶۴ ییٚتہٕ یہِ واکھ تہٕ
واکھ نمبر ۱۸ خلط مَلط لیکھنہٕ آمتٕ چھِہ -
نوٹ :- وُچھِو پارِمو واکھ نمبر ۹ - اَتھ چھےٚ آٹھ
سطر یِمہٕ ژور تہٕ بیٚیہِ ژور یِمہٕ ییتھ کتابہِ منز
واکھ نمبر ۱۸ ہَس تَل درج چھےٚ -

(۱۶۸)

ازپا گاینزی ہمہ ہمہ زٔیتھ

اَہم ترأوِتھ اَوِ ستٔے رٔٹھ

ییمو ترزوو' اہم' سٔے رٔود پانے

بونہ آسُن چھے ووپدیش

نوٹ۔ وٕچھو بارٕ نوٗٹ

(۱۶۹)

گورس مال پیوٗو آمن ناٹُن

بییَن پٔشن سوواد کیاہ آسے

یہ حال گورس تہٕ راہ کیاہ ژاٹُن

برٔہمہ کلُس مبوٗ کیاہ پییے

لہ "برہم کلس" (آنندکول ص۳۸) زیادٕ موزوٗن چھُہ برٔہم کٔس "یعنی برہمچر کٔل

یُتھ نہٕ کینہہ مبوٗ چھُہ ہیوان۔

(۱۷۰)

کاٗلی سَتھ کول گرٛزھن پاتاٗلی

اگاٗلیٛ زلہٕ مٔلہٕ ورشَن پٮ۪ن

مامَس ٹاٗکٛ تےٚ مَسہٕ کی پیالی

برٛہمن تہٕ زرٛداٗلی یکوَٹہٕ کھیٚن

لہ کتہٕ کاٗلی "کٔلہٕ کاٗل" + وۄنِکہٕ مےٚنے (کلامِ للہ عارفہ۔ صفہٕ ۲۷) تہٕ واکھ ۲۶ یمن منز بیا کہٕ باتھ تہٕ چھ:

ماٗج ہا مالہِ کرِ کورِ دراٗلی          زَخمہٕ نِشہٕ ساری وُستھ پٮ۪ن

(۱۷۱)

کَمَن نینٛدرِ تےٚ کَمَن وُدی

کَمَن نِشہٕ بوٛدٕ بوَن

کَمَن لولہٕ نار ؤدی

کَمَن ساس تےٚ کَمَن سوٚن

کَمَن مرُنَس بروٛنٹھ موٗدی

ہم آسی ساس تےٚ سپنی سوٚن

لہ: اَزوَنوٗ نیٚش بوٛد۔ یمَن پٕہ بوٛد (حقل، آبہٕ۔ بےعقل

(۱۷۲)

کُس بَب تہٕ کوٚسو ماجی

کمی لاجی باجی بَٹھ

کاٲلِ گرٛھکھ کوٚنہہ نہ بَب کونہہ نہٕ ماجی

زانتھ کوٚ لاجِتھ باجی بَٹھ

لہ۔ وقت وانہٕ پیٚلہ مرٛن آسی۔ تیٚلہِ کُس بب تہٕ کوس ماجی

(۱۷۳)

لَل بو وزالیَس دوے دوے

قُلُف تہٕ کھوٚتہٕ وَچھَس

یُس تیوٚن نیرے سُہ کھوٚٹ کرِ زیرے

کھیوٚن دیتوٚن یچھَس

(۱۷۴)

کُس ہا مالہِ لۆسُے نہٕ پکان پکان

کُس ہو مالہِ لۆسُے نہٕ وۄلگان سمیرو

کُس ہو مالہِ لۆسُے نہٕ مران تہٕ زلوان

کُس ہو مالہِ لۆسُے نہٕ کران ننِدا

(۱۷۵)

زل ہو مالہِ لۆسُے نہٕ پکان پکان

سِری پہٕ لۆسُے نہٕ وۄلگان سُمیرو

ژندرمہٕ لۆسُے نہٕ مران تہٕ زلوان

منُش لۆسُے نہٕ کران ننِدا

(۱۷۶)

للہٕ گور برٛہمانٛڈٕ پیٹھہٕ کُن وُچھُم

شٮ۪شہٕ کل وۄزٕہم پادٕنٕ تام

گیاٛنکہٕ اُمرِتہٕ پٮ۪ٹہٕ کرٕت بُرِم

لۆبھے موٗزِم اندٕ ونٛدٕ تام

۱ برٛہمرندر ۔ ۲ سشمنا یہٕ ناڑی ہندِس گوڈس تام
(کُنڈلنی یوگُک تکنیکی لفظ)

(۱۷۷)

للہِ مےٚ دۆیک لۆکہٕ ہانٛڈ کرٕنٕ

نۆوے ژۆلُم مَنہٕ شینکھ

ماگہ نوٚوُم آگ ژولُم

کرہنِلٕ کوٗسُم مَنہٕ شینکھ

۱ ژِھُم ۔ شینکھ (خوف) ۲ کرہنِلِ بینزٕ کوٗسُم تہٕ مَنَس کوٗسُم خوف ۔

(۱۶۸)

مَندِس وِدُر تےَ وِدرِس شکربے

شکربے کرَک مرَک نہٕ زانہہ

شکربے ترأوِتھ کرَک کوکنے

ڈ کرے گرُژھی بلکھ نہٕ زانہہ

وُچھو نوُرنامہ ۸۵ تہٕ وانچو ۱۳۲

(۱۶۹)

موُڈس پرُن چھُے موے وال زیدُن

موُڈس پرُن چھُے مرِ دین کوہ

موُڈس پرُن چھُے سمدرَ پوُرن

موُڈس پرٕنان راوی دوہ

(۱۸۰)

نہ پیایس تہٕ نہٕ زالیس

نہٕ کھینیم ہَند تہٕ نہٕ شونٹھ

شَن چھس پتہٕ تے

سَتن چھس برونٹھ

شپتھ (زاگان) شَن : کام، کرودھ، لوبھ، موہ، مد، تہٕ اہنکار،
سَتن : پرتین ہنشن ۔

(۱۸۱)

ناتھ لوٚلو رأنی منگے

منٛے راونٛ راج کریم کیاہ

یہ گوم لیکھتھ تہٕ ما ہریم

ہریم ہریم تہٕ ہریم کیاہ

نوٹ :- وونی چھُ ننان زِ بقولِ موتی لال ساقی کرِ یہِ چھُ بدٲتی لچھہ کاکنہِ اکِ زیٹھ
وژنک اکھ بندہ رامو بہ نورٲمہٕ منگے ... تہٕ اَرِم ؤکھنٕ رِتہٕ چھنہٕ بیوٚن ۔

(۱۸۲)

اوٗے آدیٖ[1] تَے اوٗے سوٚرُم

اوٗے ژُھرُم پنُن پان

اَنتی تراوِتھ نتہٕ اَے بوٚسُم

توٚے پروٗوُم پَرمَستھان[2]

[1] سنسکرت لفظ۔ گوڈ سارِنے برونہہ یُس اوس تہٕ سارِنےٚ ہنٛد آگُر

[2] پرَم اَستھان۔ تھدِ کھوتہٕ تھوٚد مقام۔

(۱۸۳)

اوٗمُ اَکُے اَکھشر[1] پوٚرُم

سُے مالِ روٚٹُم وونٛدس منٛز

سُے مالِ کَنہٕ پیٚٹھ گوٚرُم تہٕ ژوٚرُم

اَسہٕ ساس تہٕ سپنِس سون

نوٹ:۔ وُچھو رہبر جلد ۱۲ صفہ ۱۰۲ [1] واکھ ۱۰۱) '' اچھر، رِکہ لوٚتَ پاٹھیٚ '' (جلالی ۳۹)

(۱۸۴)

اوٗر تہٕ پانٕے یوٗر تہٕ پانٕے

پٔتۍ وانٕے روزِ نہٕ زانہہ

پانٕے گیٚت پانٕے گیٚانہٕ

پانٕے پانَس موٗد نہٕ زانہہ

لہ: پوٚت وانٕے روزِ نہٕ کانہہ" چھُ زیادٕ مناسب۔ سُے چھُ تہٕ سُے آسہِ بیٚیہِ نہٕ کانہہ
(وانجو ۱۵) نہٕ ویٲپی (سَرو دیایک، یِنہٕ جایہِ موٗجوٗد) یہ چھُ زیادٕ مناسب۔

(۱۸۵)

اوٗر تہٕ پانٕے یوٗر تہٕ پانٕے

پانٕے پانَس چھُنہٕ میلان

پرٕتھم اَنزبس نہٕ مُلیہہ دٲنہٕ

سُے ہِمالِہ چھُے آشچرٕ زان

لہ تہٕ گوور گوڈٕے وُچھوتُس وٲرے چھُنہٕ کینہہ کُنہہ جایہِ بیٚنتہٕ بیٚیہِ کینہہ پوٚنت تہٕ وُٹیہِ۔
نہٕ وانجو نمبر ۱۶: سُے ہامالہٕ تہٕ آشچرزان" یانے یوٚہے چھُ تآجب۔ یہ پرٕن چھُس زیادٕ موزوٗن۔

(۱۸۶)

پٔرِتھ تہٕ لۆزِتھ برٛہمن زٕہنٛٹ

آگر گھٹن تہٕندِ وید ستٕی

پٕنٛچنٛہٕ سن نِتھ تھوٗن منٛز پٔتٕی

مۆہت مَن گرٛہٕ ہیکھ اٗہنکاری

لہ یہ چھےٚ اکھ سرٛے (بۆڈگام) سرینگرٕ بیٹھٕ پچھم کُن ۱۷ امیل۔
تہٕ نہٕ بیاکھ سرٛے سرینگرٕ بیٹھٕ دکھین پوٚر کُن ۴۰ میل۔

ع یہ سطر چھےٚنہٕ صاف معنی دِوان۔ شاید نیرِہ یس مایہ معنی: "تم برہمن چھِ وید مقدس مُنک معنی دِنہٕ کٕڑان ییٚمہٕ ستٕی آگرُے چھُ غلط گرٛزھان یگر تمن چھُ بینٕن مطلب نیران۔ تم چھِ ادرٕچ کنھ لیوتہٕ بوٕرٕچ ادر ونان۔

(۱۸۷)

سمسار ہو مالِہ یارِو جنگُل

لاری کیلم تہٕ بێنِہ بَدبوے

گرٕ کرِن ہو مالِہ پیٹھ ہیۆن سنگرُ

نیرِکھ شنگُر تہٕ دروغ گوےٚ[1]

[1] اپزیور

(۱۸۸)

تِمبرِ پێیِس کوٚ نو ژاُجِن

مَس رس کوٚ اوٚہنا جُنؐ گوس

شانتین ہنرِکرِےٚتُلہِ مولِہ واُجِن

اُندرِم گواہ ہیٚلہِ نیٚبر پیوس

[1] شاہ رگن منز۔ [2] وزنہٕ تہٕ قامتہٕ ۔ پارمو ، تولہِ مولہِ۔
[3] پارمو ، بیاکہ پاٹھ تہٕ دِوان ۔ منصورس ، تی چھُ بیٚہہ ؤن پاٹھ۔

(۱۸۹)

تم چھِنہ مَنُش تم چھی رِیش

ہمَن ذیہہ مَنہ نِشہ گوو

بُڈِھ تہٕ بُڈِھ بیاکھ کیاہ رَچھی

پُھٹہ مَنس بانُس پیٚیی گیوٚ

۱۔ بُڈِھ آسی بانےَ (بان) پُھٹمُٹ۔ اگر گیوٚ ہیوٚ موٗلُل کھیٚن تہٕ دِنے سہ کتہٕ ویٚپی۔ روحانی ریاضت گرتھ لوکہٕ پانہٕ پیٚھے کَرِنی ہیٚنی۔

(۱۹۰)

یینہٕ بوگیٖس تتہٕ اولؔ سہ

تتہٕ ڈیوٚکھُم مول سہ

کنَن زھینِتھ وول سہ

سُے تے سہ، سُے تے سہ

نوٹ:۔ یہ چھُ باسان موسیقی ہُند گیوٗن۔ کِہتام بارہِنچ وَکھنےَ۔ ۱ یوٗت گیٖس تتہٕ اُس تمی ہنز جاے۔ تتہٕ اور سُے، پرمِتھ جایہ سُے۔ ۲ شو مہایوگی ییٚمِس بڈِ بڈِ کنہ داڑھ چھِہ کنَن۔ یہ تہٕ چھے اکھ موٗرتی شوسنز۔

(۱۹۱)

چھُس کینہہ نتہٕ اُہس کینہہ نے

کینہہ[1] نس کینہہ نتہٕ کینہہ گوم ژٕرِتھ کینتھ

شو پوٗزم وُچھُم ناران

کینہہ نس کینہہ نتہٕ کینہہ گوم ژٕرِتھ کینتھ

[1] کینہہ نس کینہہ نتہٕ (آنند کول)

(۱۹۲)

چھُ کُنے چھُ نا کُنے

وُچھُم اور یور نا کُنے

دِیہ کھل تہٕ موٗل نا کُنے

ژٕہے ژٕین توٗ گارُن نا کُنے

نوٹ۔ یہ واکھ چھُ "ریسرچ پبلیکیشن" (روٗپ بھوانی) نمبر ۸۴ تس مَنز تہٕ لیکھنہٕ آمُت یتہٕ ۳۔ یم تہٕ ۴ یم سطر یتھ پاٹھو چھےٚ۔

دی پھل تیلے موٗل نا کُنے

چھوَے زٕتِن تہٕ سوٗری توٗن کُنے

نوٹ۔ میانٛز رائے چھےٚ زِ یہٕ واکھ چھُ رۄپ بھوانی ہُندٕ ے۔

(۱۹۳)

سہنکِہ سلِلہٕ یوٚدوَے مَل کاسکھ

آسکھ اُہٕ کھوتہٕ پرٕزلوٗن شیٚنہٕ کھوتہٕ پرٛوٗن

پلنےٚ مَرکھ پانےٚ لَسکھ

لاگکھ اوٚن ترٛوٗر کوٗل تہٕ روٗن

شتوٗس ستیٚن بیلہِ کنٛتھَن رَسکھٕ

شتوٗرے چھکھ پانےٚ تھوٗ پرٕزٕھنٕ

۱؎ صبر تہٕ برداشت کِہ آبہٕ ستیٚ ۔ ۲؎ رس لگی ۳؎ پرٕژُن۔ سنسکرت پرِچےٚ زان۔

(۱۹۴)

شیُہ اُسس شیہ چھس

لَل بہ پانےٚ پانس چھس

نیرتھ گرٛھان تیٚلتھ بوان

میلتھ پانہٕ دَلی چھس

لہ شیہ (آنندکول) یانی شَش سداقتَ منز۔ مگر میاَنِ کنہ چھُنہٕ تہٕ مطلب۔ لفظ چھُ "شیہ" تیٚلہٕ تہٕ اُہم شےٚ (تسلا۔ وومید) اَز تہٕ چھم شےٚ زِ بوٚ لَل پانےٚ پانس چھس ... میلتھ پانہٕ دَلی چھس لی چھُ موزوٗن تہٕ۔

(۱۹۵)

شو شو کران شو تو توشے

گبو کندِ زلکھ منَس سہ آسے

گبو دلوٚ دہیَس دہہ دوٗر آسے

گبونےٚ دہیَس دِکھ دِوَر کاگہ نسےٚ

لہ وَرہٕ وَرِش دِگوہ بنہٕ تر چھُ زِ بنیہٕ کاگہ نسے دِکا گبو کھیوٗن۔ یہ واکھ چھُنہٕ کینہہ معنی نکوان۔ یہ چھُ بلاکمہٕ تام نکوومُت۔

(۱۹۶)

وُچھان تہٕ بوچھس ساریٚ ہے اندر

وُچھُم پرٛزلان ساریٚ ہے منز

بۆزتھ تہٕ روٗزِتھ وُچھ ہرَس[1]

گرٕ چھُ تسُندُے بوٚکوسہٕ لَل

[1] ہرؠ۔ بھگوانٕ سُند اَکھ ناو

(۱۹۷)

اُہس گنی تہٕ سِپنس سبٹھاہ

نزدیکھ اُستھ گیَس دوٗر

اندر نبر سَنٛے ڈیوٗٹھُم

گام کھیتھ چھتھ ژُوشزاہ ژوٗر

نوٹ[1]۔ وُچھو "کلام للہ عارفہ" صفحہ ۲۱ نوٹ ۲۔ نمبر ۱۹۶ چھیٚم نمبر ۲۱۵ ہیتھ چھِ دانچو بسندہ" داکھ للی الیشوری "منز دیچ۔ یمہ ژُوشزاہ ژوٗر کم چھِ بکنہٕ مطلب چھُ داریاہ ژوٗر؟

(۱۹۸)

آنچار ہانزٕ ہٕنز گوم کنٕ

نٕدرٕ چھُو تہٕ ہیٚیو ما

تہٕ بوزٕ تٕرٕکیو تم رٕوٕدی وٕنٕ

ژٕینٕ چھُو تہٕ ژٕہٕرٕو ما

نوٹ۱۔ وُچھِو "کلام العارفہٕ" صفہٕ ۲۵ تہٕ "کوشُر سماچار" ۷۲ء واکھ ۷ تہٕ ووٗر" تہٕ گوو ناپایدار۔ نہٕ روزن وول۔ سمسار

نوٹ۲۔ آنچار ہانزٕ ۔ آنچار چھُ جھیل سرینگرس نزدیٖک یتیٚن نٕدرٕ آسو آسان۔ یتہٕ چھِ ہانزٕ۔ تہٕ تموٗ یانٕ کالہٕ بوزٕلان وٕن۔ یتہٕ ترٕو یانٕ تہٕ تنیس ہیٚزٕ کرٕ۔

۱۹۹

آنچارٕ ہیٚچارٕ وبٕژار وٕوٕنٕ

پرٕژان تہٕ روزٕہن ہیٚیو ما

پرٕانس بٕزٕتھ ہٕزا ژٕہٕنٕ

نٕدرٕ چھُو تہٕ ہیٚیو ما

نوٹ: وُچھِو "کوشُر سماچار" نمبر ۱۴۳ تہٕ گریرسن نمبر ۸۹ تہٕ ۹۰۔ وُچھِو واکھ ۱۵۶ تہٕ ۱۵۷

۱؎ رُت تہٕ سوٚنچِس لایق کتھا وَنِتھ۔ زِ پزان (کھبہٕ وُن شاہ) تہٕ رُح۔

(۲۰۰)

بٔنِچ سَن دِتھ تھاوَن مٔٹن

لوٚبھ بوٚچھ بولَن گیانٕکی گیٹ

پھٔٹ پھٔٹ بیٚرن تَم کتہٕ وَٹن[۲]

تُرک اے مالِہ چھکھ پیٚرکٕ گڈ پتھ

نوٹ ۱۔ وُچھِو کلام للہ عارفہ" صفحہ ۲۷، ۲۸ تہٕ آزاد جلد ۲ صفحہ ۱۳۴ بیٚیہِ وُچھِو پارموٗ واکھ ۸۸ تہٕ برونہہ آمُت واکھ نمبر ۱۸۶ یُتھ کتاب منز

۱؎ بیاکھ پاٹھ چھُس 'اٹھٕ ئِچ'۔ یہ چھُہ مُناسب باسان نہٕ چھُس معنی

۲؎ نَم کیاہ وٚٹن۔ تِمو چھُنہٕ دوٚد مٔنٕنے جان۔ تہٕ چھون یا پھل کیاہ نیریکھ ہتم نیٚرن پانے پھٔٹ پھٔٹ یم پٔتھ سَن دِن۔

(۲۰۱)

سمار لوم تاو ترٛشے

موٗڈن کرٛشے تاوِنہٕ آسے

گیانہٕ مُدراؔ[1] چھہٕ گیانٕن کرٛشے

سو یوٗگہٕ کلہٕ[2] کتہٕ پرزنہٕ آسے

نوٹ:۔ وُچھو آزاد جلد ۲ صفہ ۱۳۶

[1] گیانہٕ مُدرا = گیان پراوچ اوستھا۔ [2] یوٗگہٕ کلہٕ = یوٗگہٕ ابھیاسس منز برونہہ کنہ نیکھ۔

(۲۰۲)

صبوٗر چھےٚ زیٛر مرِژ تہٕ نوٗنے

کھینہٕ چھےٚ ٹیوٗڑھ تہٕ کھیٚیس کُس

صبوٗر ہا مالہِ چھےٚ سونہٕ سُند دوٗرے

مولہٕ چھےٚ تھوٗد تہٕ ہیٚیس کُس

۲۰۳

سورگہ جامہ نرٲوِتھ الکھ پژووُم

ڈگ لَلہٕ ناوُم دَپہٕ سنزٕ پرٛیلے

لۄت زۄنے موّت وُزنووُم

ژٔین پتہٕ مالہِ کُلِس بیٹھ نیٚندٕر پیٚیے

نوٹ : وُچھِو "کلام للہ عارفہٕ" صفہ ۲۹ - ژوٗرِم سطر چھِس آپراوٕمٕژ . وَزن - واٹھ چھُس نہٕ کینہہ صاف یژان "ژٕ سوچ نہٕ ژئے چھےٚ کُلِس بیٹھ نیٚندٕر پیمٕژ زن - اَکہٕ دٕتہٕ چھُ لۄت زۄنہٕ دوٚیتھُن -

(۲۰۴)

صاحب چھُ ہیتھ پانہٕ ڈکانُس

سارِی مَنگان کینژھا دِہ

روٚٹ نو کانُسِ ہُند[1] رٲچھ نو وانُس

بہٕ ژئے گرٛزھی نہٕ پانے رہہ

نوٹ :- وُچھِو "کلام للہ عارفہٕ" صفہ ۲۹ ، نوٗر نامہ ۱۹۸

[1] اگر یہ لفظ کڈوس یہ سطر چھیےٚ بہتر بنان "روٚٹ نو کانہٕ رٲچھ نو وانُس" - اَکھ چھُنہٕ منگان تہٕ منگُن نہٕ چھُنہٕ ، پلنے چھُ تُلُن یہ خوش کرِ ، مگر نتہٕ چھُنہٕ اسی کران - خُدایہ سُند روٚٹ چھُنہٕ نہٕ -

(۲۰۵)

سَمسارَس منز باگ کتھ شابہٕ روزَے

روزٕ پرٛمہٕ شوشمبو اگوٗر

لولہٕ منز باگ بیہ للہٕ ناوُن

جگرس منز باگ کرَس گوٗرٕ گوٗر

نوٹ :۔ وُچھیو آزاد جلد ۲ صفہ ۱۳۶ تہٕ "کوشُر سماچار"

ء واںٔچھو " کتہٕ شان روزے "

(۲۰۶)

دود کیاہ . زانہٕ لیَس نو بَنے

عمکی جامہٕ ہا وٕلتھ تنے

گرٕ گرٕ پھیرس پیٛٹم کنے

ڈلوٕ ٹھم پہٕ کانہہ پنٕنہٕ کنے

نوٹ :۔ وُچھیو رہبر صفحہ ۱۲۱ جلد ۱ تہٕ " کلام للہ عارفہ " صفحہ ۲۹

(۲۰۷)

شٕہنہٕ ہُند شِکار گاٹھ کوٚہ زانہٕ

ہاٗنٹھ کوٚہ زانہٕ پوٗترے دود

شٕمہُک سوزُ لٔش کوٚہ زانہٕ

مُچھ کوٚہ زانہٕ پاٗپٕری گٔتھ

ؔ قدر۔ وُچھِو وانٛچو نمبر ۳۹۸ تہٕ 'کلام للہ عارفہ'، صفحہ ۳۰۔ یہِ ما گوٚژھہٕ آسُن۔ شٕمہِچ گٔتھ تہٕ پاٗپٕری سوز؟۔

(۲۰۸)

ہٕہٕ نِشہٕ ہا دزاو شاہ کیاہ گوو

ہٕہٕسٕ تہٕ ہاہٕس شاہ ژٕے زان

رٕوٗح نِشہٕ موٚر دزاو کیاہ وُچھے۔

کیاہ رٕوٗد باقے کیا گوو فان

ؔ 'ہوٚ'۔ "کلام للہ عارفہ" ۳۰ ؔ ہہٕ' تہٕ "ہا"، کھسُن تہٕ وسُن شاہ۔ شاہ یوٚت تام چھُ توٚت تام چھُ شاہ یعنی روحہ تہٕ موٚر کُنٕے، شاہ دزاو یعنی رٕوٗح دراو تہٕ موٚر گوو فان۔

(۲۰۹)

لَر لَرِم منز مٲدانَس

اَندی اَندی کرِ مَس تکیہٕ تہٕ گاہ

شہ روزِ بیٚیتہٕ تَے بہٕ گرٛزھ پانَس

ووٚنۍ گوو وانَس پھالَو دِتھ

نوٹ :۔ وُچھو نوٹ نامہ نمبر ۱۳۵۔ کاشُر موسیقی منز تہٕ چھُ یہٕ بیٚتھ بٲتہٕ سیتۍ لیکھنہٕ آمُت۔ لَراہ لُرنَے اَند مٲدانس ۔۔۔

(۲۱۰)

اوٚمے چھُ ووتھ بیتھنہٕ[1] اوٚمے چھُ سوٚرُن

اوٚمے چھُ ورۂ پدلِش پرَم زان[2]

اوٚمے پرُن اوٚمے سوٚرُن

اوٚمے ستۍ چھِے زٲنۍ زان

[1] اُتپتی (سنسکرت)۔ آغاز۔ [2] اوٚمے چھُ پرَم زان۔ زان پرَم (گوو پرَم شوٚ) یُس پرَ یعنی سارِوے کھوٚت چھُ۔ تمۍ ہنز زان کرناوان، تہٕ چھُ پاٹھ "اپرزان" وُچھو ضمیمہ ۳

(۲۱۱)

کتھ ہا وَنے کتھ ہا وَنے

کتھ میانٛز لیٖی لال

منز ماٲدانس نیٚندرِ پیٚیی

ڈوٚمب ہیتھ ژلی شال

نوٹ:۔ وُچھو رہبر جلد ۱۰ صفہ ۱۵۳

(۲۱۲)

کھیتھ تہِ موٚدی نہ کھیتھ تہِ موٚدی

اَدِ زَن گوٚنڈنکھ کرٛوٚدِہے نار

یِم ہو مالہِ ہندِ وٚدِیِل ہاکس ییٚژھ روٚدی

تِم ہو مالہِ اَدِ موٚدی نہٕ زانہہ

نوٹ: یہِ واکھ چھُ باسان شیخ نورالدین رحٕ سندٕ

(۲۱۳)

دوہ تارِ دُنیاہَس لولہٖ لوٗرُم

پُہو زوٗنُم کیہنہٕ نَتہٕ کیاہ

ہاوسہٕ للہِ مےٚ عٕلماہٕ پوٗرُم

پَرپَر کوٗرُم پوٗرُم پنہٕ زانہہ

نوٹ:۔ وُچھِو آزاد جلد ۲ صفحہ ۱۱۲ ـــ ۱؎ وایُنو ۱۴۹ ، طمع مالہٕ ۲؎ عِلم لیو

(۲۱۴)

پرٚتھ وَنیو لوٗکَن چھُکھ پرٚتھ نان

پانَس چھُے نہٕ گرٛدھان کَنَن

پیٚتھہٕ پانٕھو تُجھ چھی ناٹہٕ کِنان

پانَس نہٕ پوشان پکہٕ موٗنڈری تہٕ کَن

نوٹ:۔ وُچھِو آزاد جلد ۲ صفحہ ۱۳۹ ـــ ۱؎ بَنیَن پرٚن والہٕ

(۲۱۵)

پٔرِس ہا مالہِ پوٚژم تہٕ پانَس وُنُم

وَرٕ کَس لَلہِ چھُے مےٚ پانَس راہ

وارٕ گوم دِلَس مےٚ کیاہ کوٚرُم

کُنےٚ آسِتھ سوٚرُم تہٕ زانہہ

ؔ وِنیوم ؔ بیاکھ پاٹھ چھُس زونُم۔

(۲۱۶)

یُس ہو مالہِ ہیٚڈِم گیلِم مسخٔری کرِم

سُے ہو مالہِ مَنَس کھرِم نہٕ زانہہ

شِو پَنُن یِیلہِ انُگرٕہہ کرِم

لوٗکہٕ ہیڈُن مےٚ کرِم کیاہ

نوٹ ۔ وُچھِو آزاد جلد ۲ صفہ ۱۳۰ تہٕ آنند کول صفہ ۲۲ تہٕ رٮ۪شِ نامہٕ یمَو کنۍ
یہِ چھُ لل وٮ۪دِ ہُندُے ۔ مگر وَکھِتہٕ چھِس بیوٚن ۔ لہ اُنگرٮ۪زی ۔ رحم ۔ کرم ۔ عنایت

۲۱۷

وَدہٕ ستی گاش ہو مری

وَدہٕ مدُن میلی نہ زانہٕ

مَن کر صفا زیرِ آکِ میلی

یمو شالہٕ ٹھنگو نیری نہ کینہہ

(۲۱۸)

لاالٰہ الااللہ صحی کوٚرُم وُہی کوٚرُم پنُن پان
وجوٗد ترٲوِتھ موجوٗد رٔٹُم تیلہِ مٔے میوٚلُم لامکان

نوٹ ا:۔ وُچھِو نورنامہٕ نمبر ۲۱۲ لہ وُحی، ۲ سوٚرُم، ۳ 'اد' یہٕ ووتُھس لامکان'
یہِ چھُ باسان شیخ نورالدینؒ سُند ۔ موتی لال ساقی تہٕ چھُ وَنان زِ یہِ واکھ چھُ شیخ العالمؒ
سٕندی رٮ۪شِ نامہٕ چھُ یتھی کنۍ منسوب کران ۔

نوٹ ۲ : یہِ واکھ تہٕ یمہِ پتہٕ یمۍ شے واکھ (کُل ستھ) چھِ "بی بی عارفہ"
منز درج تہٕ یم چھِ "تاریخ کبیرس" منز تہٕ نشانن درج کرنہٕ آمتۍ ۔ سواے
نمبر ۲۲۱ ۔

(۲۱۹)

نار گرٛزھِ سہٕنٛ تہٕ ٹار گرٛزھِ گالُن

اوٚہُر گرٛزھِ گڈُن ووٚپلہ یا کس تہٕ بنٛدے

ٹد گرٛزھِ رٹُن تہٕ مٕد گرٛزھِ والُن

ویٚہہ گرٛزھِ زالُن تہٕ اژکہ گرندے

شوٗب گرٛزھِ کانٛچھنی تہٕ لوٗب گرٛزھِ مارُن

پان گرٛزھِ ناوُن اُمی سیٚندے

نوٹ : وُچھو نوٗرنامہ نمبر ع۱۸۰ - یہ واکھ تہٕ چھُ صاف
باسان شیخ نورالدینؒ سُندُے -

(۲۴۰)

ییمی کرٕ خمس تلہٕ کنہٕ زاگے

تس گیہٕ رتس تہٕ کمس ژانٹھ[1]

رباکٕ شُدٕ ییلہٕ یوٗزُم سپنُس[2]

کیا بہٕ کنہٕ دِژمس پنٕز ناٹھ

نوٹ۔ وُچھو نورنامہ نمبر ۱۶۵۔ یتہٕ چھُ شیخ نورالدین صٲبنہٕ شُرکہ سلہ سازگ ضرب بنمہٕ تہٕ ، سینوم سپنس ، تہٕ تس گیہٕ آشس تہٕ کمس زھانٹھ۔ (؟)

(۲۲۱)

نفس دِتکھ اورَے مێنتھ

گرٛژھ کھٔے ژێنتھ کرَکھ نہٕ فوت

دَم دلوٚ حقس لعل زَن زێنتھ

نیٚتہٕ چھے "کُلُ نفسٍ ذایقۃ الموت"

نوٹ :۔ وُچھِو نوٗرنامہ نمبر ۱۴۰۔ یہ واکھ چھُنہٕ "تاریخ کبیرس" منز درج

(۲۲۲)

ژھونڈمکھ بوٚژہٕ تہٕ بێنیہِ ژوٚن دِشن

ییٚب تہٕ ہِشاہٕ لوٚب مے نہٕ کنے

تی اَدٕ پرِژھم ساون تہٕ ریٚشن

رتم لگو تہٕ بوٗزتھ وَدرِ تہٕ رِفنے

دَب یێلہِ دِژم فِکرَن تہٕ اندیشَن

اَدٕ یێتہِ لوبمکھ پَننہٕ گرے

نوٹ :۔ وُچھِو نوٗرنامہ ۲۱۲ ع بوٚژن، دِشن، دِشاین، طرفن

(۲۲۳)

لَل بہٕ وزائیس شوٗ گارنے

وُچھُم شو تہٕ شیطان اَکِسے شیٚے

شیطان وُچھُم پیٚٹھ مِمبرس

عاّران گیٚیس تمی گرے

بہٕ پاَری شوٗس تہٕ شو ہِندِس گرس

بہٕ لَل مرس تہٕ منٔے کیاہ کرے

(۲۲۴)

پانٔے کاسکھ تہٕ پانٔے آسکھ

پانس نِشہِ لَبکھ نہٕ سوٗدوٗر

تِرِشہِ مرکھ تہٕ مرِتھ لَبکھ

اَدٕ چوٚن دِنےٚ مارِ فُنٛگ صدوٗر

ڈٕلی یوٚد کاسکھ سُے اَدٕ آسکھ

اَدٕ ناوٕ کھونَے ان علیم بذاتِ الصدور[ل]

[ل] وُچھو ضمیمہ ۳

(۲۲۵)

بٕرٛہمہ بُرٛجس پیٹھ واتٕنوٗم

دِلچے تارِ سٕتی دوٚہمس لُم

ہم سوٚ تٕراوِتھ سوٚہم پروٗم

دوٚہم سالے اَنِتھے شرٛم

[ل] لٔلی۔ لٔلہ وُدٕنُس تہٕ۔ لَلی وٕوٚدُن۔ لَلےٚ چھُ لفظ

نوٹ:- یہ واکھ تہٕ بیاکھ نمبر ۲۱۷ چھِ گوڈنِگ پوشٕس منٛز پروفیسر لی، این پُشپ ہندِ مضموٗنہٕ منٛز دَرٕج آمٕتی۔ (وُچھو کوشُر سماچار۔ لل دید نمبر۔ دیوناگری سیکشن)

(۲۲۶)

کٔلۍ پۆرٕم کٔلۍ سوٗرٕم

کٔلۍ ہُرٕم یَنٛنۍ پان

کٔلۍ ہنہِ ہنہِ مویَن توٗرٕم

اَدٕ لَل وآژٕس لامکان

(۲۲۷)

کوٗسَم باغَس ہیٛوت مےٚ اَژُن

پَرٛژیٛس یےٚ مَن تہٕ اَژُن پرٛاو

سوٗروٗپ دَرشُن چھُ توٚتےٚ اَژُن

کوٗت چھے گرژُھن پَکُن تراو

نوٹ:- یہ داکھ تہٕ یَمہٕ پتہٕ پٮ۪نٛچھ ژ کل ترٕنے داکھ چھہ پروفیسر محی الدین حاجنی ہنز اکاشرِ شاعری منز ژارٕنہٕ آمٕژ۔

ٔ بہرٔشیلے۔

(۲۲۸)

پَوَن تہٕ پرٛان سۆرٕے ڈلوٚ ٹھم

میلِتھ رۆدُم شیرکھور نام

دیہہ پیٛلہِ موٚ ٹھُم اَدِ کیا موٚتُم

تہٕ کُنہِ پَوَن تہٕ نہٕ کُنہِ پرٛان

نوٹ۔ بظاہر چھِ یِم کَتی باسان۔ مگر پَوَن، یعنی شاہ گود تہٕ پرٛان یِمن ساریٛ سے پانس منز پھیران چھِ۔ بَشیرِ تالہِ میٛڈ تَل نیٛتھ تام۔ شاہس منز چھِ پران نُنہٕ پاٹھی باسان۔

(۲۲۹)

کامَس ستی پرٛنے نو بَرم

کرٛدٕھس دِیتُم پَوَنُن پھیش

لوبھس موٚہس زرٛان ژٕرٕ تُم

ترٛشنا ژٕجم گیٛس خوش

ا۔ کھور تہٕ زنگہٕ۔

(۲۳۰)

ابھیاس کِنی وِکاس پھولُم

سو پرٛکاش زوٗنُم یوٚہے دیہہ

پرٛکاش دھیانہ موکھہ لی دوٚرُم

سو کھے لوٚرُم گوٚرُم تیٚ

نوٹ : ییٚمہ واکھہ بیٹھہ نمبر ۲۵۸ ہیٚتھ تام کُل ۲۹ واکھ چھہِ جے، اپل کے جلالی اِسنٔدِ "للہ واکھ" منز درج۔

(۲۳۱)

گور کتھ، ہرٛدیس منز باگ رٔٹھم

گنگہِ زٔلہِ ناوِم تَن تہٕ مَن

سَدیہہ زلِوٗن مُکتی پراوم

یہہ بیہ ژوٚلُم پوٚلُم اکھہ

۱ زِندے، دیہہ داری اَستھ تہٕ، ۲ کُن تہٕ کیوٗل، کُن بھگوان ۳ فرنگ خوف

(۲۲۲)

پانٕے آو پانَس سِتی

پانٕے پَنُن کوٗرُن وِشٲر

پانٕے پَنُن پان نیچھنوٗن

پانٕے گُپُن[1] پَنُن پان

[1] کھوٗٹُن۔

(۲۲۳)

کرِیا کَرَم دھرم کوٗرُم

تیٖرتھَن نا۪وم پَنٕنی کاے[1]

پاپَن سوٚمبرِتھ بَسم کوٗرُم

نَتہِ کُس اوس تٔے لوٚت کم آے

[1] مگر وُچھو واکھ نمبر ۵۰ تہٕ نمبر ۱۰۸، نمبر ۱۰۹۔ یِم واکھ چھِی نہٕ لل دیدِ ہِندی واکھ ۲۲۳ نہٕ۔

(۲۲۴)

مَنَس ستی مَنٕے گونڈُم

ژٕنَس ژٕٹُم ژٕہ پأری وَگ

پرٛکرٛژ ستی پوٗرِش وۄلُم

تَہر مےٚ کٔرُم لٔبُم وَتھ

لہ مَنَس ۔ پَنٕنِس چِتَس ۔ یہِ چھےٚ تل دِیُت ہِندیٚن ریاضَس مشابہ ۔ مَنٕہ ستیٚ مَن گنڈُن ۔ پرٛان اپان ریاضَن کرٕنۍ ۔ یہےٚ چھےٚ منز وَتھ یعنی پنٕنہٕ مَنٕہ (پرٛکرٛژ) ستیٚ بَتِن آتما برہ نہ کُن اَنُن وُچھو واکھ ۲۴۳

(۲۲۵)

کتھا بوٗزُم کتھا کٔرُم

کتھایہ کٔرُم ژھأری ستھ

شاسترکی کتھا بوٗزُم

کتھایہ باہم ستیچ وَتھ

(۲۳۶)

پۆرک، کمبُک، ریچک کوٗرمم

پۆنس ترٲوِم پیٚنٹھ کنہ وَتھ

اَنا ہتٕس بٕسم کوٗرُم

کیہنہ تو موٗنُم سوے چھےَ کتھ

لہ پراناپامکو طریقہ۔ شاہ کھارُن، ژٔنٛ تہٕ ترٲوُن۔ مقابلہ کرِو واکھ ۱۷۶

(۲۳۷)

کیٚہنس پیٹھے کیاہ چھےَ ژٕرُن

موٗژی کیہنہ نتہٕ ژُرُن ترٲو

لوٗت پھیرتھ چھےَ توٗتے اژُن

یوٗہے وَژُن ژٕہتس تھاو

(۲۲۸)

کرمک کلۂ نو چھے بنتھ گرٛزھن

ؤنتھ گرٛزھن کیاہ چھے پاسےٚ

کشفک پھل چھے میلتھ گرٛزھن

ؤلتھ روزٕن کس چھے نیاسے

۱ کرم گرٛزھ موکلن۔ ۲ پاسے۔ اُپاسے یعنی دۄہ پاسے کیاہ چھُ یہ کرم سوکلنس۔ یہ کرکھ یہ تسی ارپن کرن۔ پھلا تمی سے۔ ۳ کشف، راز چھے کرمن تہ ؤلنہ ہیٚنہ دیُن۔ پانہ تسی ستی میلتھ گرٛزھن۔

(۲۲۹)

کایس اندر روٗدُم اڑتھ

نیایس نفوٗم ژوپارٕ شاسےٚ

پاسے کیہنہ لوٗبُم نو ماسے جمیس کرٛتھ

زایس نہ آیس، لوٗگُم ناو

نوٹ :۔ ۱ کایا۔ گوو یہ شریر۔ پان۔ ۲ مگر تتھ پاٹھو چھُ ہیتھ اندر زِمیون پان ہنسہ چھ بیوٗن۔ توٗسے چھُ نیاسے۔ یہ الگ آسُن ہنہ بہ الگ ہیٚتھ زاو تتھ چھ الگ ناو ہیتھ تران انسان۔

(۲۴۰)

نرگس اندر کاتباہ پالم
ساری چھہ ژھانڈان ذیہ منز وتھ
چھہ منز اکس دیا ژالم
مالم ڈیپز ایشور گتھ

(۲۴۱)

گاینزی اڈپا ژھلہ اکہ تاجم
سوہم ستچی کرمس کتھ
اہمس لوت پاکھ ژھرے واجم
گور کتھ پاجم ژاجم ژکھ

نہ تجم نہ ژجم۔ وچھو ۲۱۸ پتھ کُن۔

(۲۴۲)

کوٗل تےٚ موٗل کتھ کیٛت پچھےٚ

توٗتہٕ کیٛت پچھےٚ شانت سوبھاو

کرٕ بہٕ ہُند آگُر وَرتہٕ کیٛت پچھےٚ

اَنہٕتہٕ کیٛت پچھےٚ گوٗرٕ سُند ناو

(۲۴۳)

شرٛان تےٚ دھیان کیاہ سَن کرِی

زٕہتِس رٕژھ نرٛ کرٕ سے وگ

متِس تہٕ پُونِس بِلوٗن کرٕ سے

سہزِس منز کرٕ تیٖرتھ سنان

(۲۴۴)

پرٛانس ہستی یے پیٛلہٕ کرُم

دھیانَس ژٕنم تہٕ روزنَس نشانٕے

کاکَس اندر سوٗرے وُچھُم

پائیس پووُم کُڈمَس گرٛاے

لہ پرٛانس تہٕ گیانَس گیہٕ یے۔ تیلہٕ چھُنہٕ دھیانس جاے۔ تُسے بلوٗن گیہٕ دھیان۔

(۲۴۵)

مَنَس گراے ژٕرج پرٛزِکے اَن کھیوم

توٗکے بل گوم کرٕمس کرٕے

آگرٕ واَتھ امرٕتہٕ زل چوم

چھوٚلے من گوم برٕمس پرٕے

(۲۴۶)

کایَس بل چھُے مایَس زاگُن

پرانس بل چھُے شبد سوروٗپ

آلیَس بَل چھُے تتو دیہہ زانُن[1]

گیانس بل چھُے آدِ اَنت تانٛ

[1] زانُن۔

(۲۴۷)

گگنَس بھوتلس[1] شوتیلِ ڈیوٗڈھم

روتٕ لبہِ نہ روزنَس شاے

سری کہ پزبھاوِ وِشمے زونُم

زَل گوو نھَلَس ستّ میلتھ کیاہ

[1] آکاشس تہ پرتھوی منز [2] آفتابس [3] طاقتہٕ ستیٚ، اتھ رکنہٕ [4] وِشوتمے۔ ساری سے کاینانس منز۔ (سنسکرت وِشوٗ۔ کاینات) بیاکھ معنی ییر بس اگر لفظ آسہِ۔ وِش، گوو زہر۔ وِشمے گوو زہر بورتھ۔ وُچھو ضمیمہ

(۲۴۸)

واوِچ گرایا پانَس وُچھم
وانَس ڈیٹھم سورِ رنگہ وس
دھیانَس اندر دَمہٕ دَمہٕ میلس
گونَن ترووُم مُشرِتھ بَر

(۲۴۹)

روزنہٕ آیس گرٛھن گرٛہھم
یکُن گرٛہھم واو لوکپال
کینہہ نَس پیٹھے نرٛن گرٛہھم
اژُن گرٛہھم سوکشم پرٛکار

لہ واِیو دیوتا ۔شمال مغرب دِشاہُند دِوتا لہ پُراسرار تہٕ نوُزک طریقہٕ۔

(۲۵۰)

واکھ[1] شبد ژھوہ دِتھ موکھس بیٹھم

سو کھس ڈیٹھم روزنس شاے

دو کھس اندر نیندر میٹھم

بود یبلہِ زیٹھم میٹھم کتھ

[1] واکھ سِدھی۔ یہ دَنہِ تہٕ بنہِ۔ یہ تہٕ چھُ اکھ کمال (شکتی) نہٕ میٹھ لجُم۔

(۲۵۱)

شیلاپہ ہنزے ودتماؤ[1] بُنہِ م

سوٚمبرٕ م ٹوٚک پوش آسن پیٹھ

منس اندر وبژار کوٚرُم

وُچھُم تہٕ ڈلیوٚکھُم شیل کَنہِ وَٹھ

[1] اُتم۔ بھگوان۔ شیلاپہ (اکنہِ) ہنزِ مُرژ کنہِ کرُم بھگوانس پوٗزا۔ مگر ییلہ موچ کوٚرُم یہ۔ شیل وُچھم تہٕ یہ آس کنہ وَٹھ وُچھو واکھ ۳۷ تہٕ۔

(۲۵۲)

زَلہٕ پیٹھٕ پکُن تھبکُن لوٗکن

نارس اَژُن مارس وبد

آکاشس گمنو وُچھُن آسُن

کیٚنٹ باسُن آسُن ژیتھ

وُچھِو واکھ ۱۱۳ تہٕ۔

(۲۵۳)

اومکار شرپہٕ کیوٗل زونُم

شبد روٗپ رس گندھ ستی ہیتھ

آتم سو روٗپ سُہ پائے اوسُم

پرَم تتو[1] دورُم شیٖرس پیٹھ

[1] تتھ کھوتہٕ تتھوٗ (بھگوان) توتھ = تتو (کاشری پاٹھ ونو تیتا)

(۲۵۴)

زَنہٕم پراَوِتھ گرٕم سوٗوٕم
دَھرٕم پوٗلُم سوے چھُم سَتھ
ژٕیتٕرن اندر پٕژیٖم دوٗرٕم
ژوٗرٕم پتہٕ موٗنُم یوٚہے اَکھ

(۲۵۵)

سوٚرگَس مازُن گیاہ چھُے باسُنو
نٕرکَس واسُن آسُن دوٚش
ژکھ رٕشُن ناسُن شوٚمے آسُنو
پانَے آسُن کاشُن بھید

(٢٥٦)

مَنَس گوَن چھُے ژنژَل آسُن

ژتَس گوَن چھُے گرژھُن دوٗر

زِیوَس گوَن چھُے بوچھِ ترِیش آسُن

آتمَس گوَن چھُے ناسُن لیپھٕ[1]

[1] یتھ وَنان چھِ "ترِلیپ" لاگِ روٗس ۔ لیپہ روٗس

(٢٥٧)

شُو تہٕ شکت گینٛو ڈینٛھم

تمو ژِڑھم کاٮ۪س جاے

دالِس دھیژِ سس سۭنٛے[1] مینٛھم

تیلیتھ روٗزِم ژراوِتھ ژرٕ

[1] یتھ لفظس چھُنہٕ کانہہ معنی مطلب ، نہ چھُ یمَن دون شطرن تہٕ کانہہ معنی لبنہٕ یوان ۔

(٢٥٨)

سَرس ءِتی سودا کوٗزُم

ہَرسس کٔرُم گوڈٕ سیوٗن

شیٖرَس بیٚٹھی کِنز نَژان ڈلیوٗ ٹھُم

گرژھان ڈلیوٗ ٹھُم آیَم پَرٛتھ



## ضمیمہ ۱

# للّٰ دید کے واکھ

۱۔ للیشوری واکیانہ۔ راجانک بھاسکر۔ آج سے تقریباً ڈھائی سو سال پہلے یہ ساٹھ واکھ کا مجموعہ اور اُن کا سنسکرت شلوک میں ترجمہ تیار کیا گیا ہے۔

۲۔ للہ واکیانہ۔ گریرسن اینڈ بارنٹ۔ اِس مجموعہ میں بھاسکر کے ۶۰ واکھ اور اُن کے علاوہ ۴۹ واکھ یعنی کل ۱۰۹ واکھ ہیں۔ ان میں دو واکھ ایسے ہیں جن کی نسبت اب ہم وثوق کے ساتھ کہہ سکتے ہیں کہ یہ للّٰ دید کے نہیں یعنی واکھ ع۹۹ (غافِلو ہکہ قدم تُل ....) اور ع۱۰۱ (دَمَن بستہِ دِلو دَم ....) یہ دو واکھ دراصل عزیز خان نامی شاعر کے ہیں۔ یہ نکال کر اس مجموعے میں نئے واکھ کی تعداد ۴۷ ہے۔

۳۔ ضمیمہ للہ واکیانہ۔ اِس ضمیمہ میں گریرسن نے ریورنڈ جے ہِنٹن نولز کی کتاب "ڈکشنری آف کشمیری پرَاورسبز" سے ۱۵ ایسے واکھ درج کئے ہیں جو اب عام کہاوت یا ضرب المثل بن چکے ہیں۔ (ملاحظہ ہو نولز صفحہ ۱۸، ۲۰، ۴۶، ۴۷، ۵۶، ۵۰، ۱۰۲، ۱۵۰، ۲۰۱) ان میں" آیے وُاتس گیہِ کاندرس" واکھ نہیں ضرب المثل ہے۔ واکھ" دِلہِ کِس باغس دوُر کرِ گاصل ....." "سوَدرس نولبی ساُحل ....." غافلو ہکہ قدم تُل ....." اور" دمن بستہِ دِلو دَم....." یہ چار واکھ للّٰ دید کے ساتھ غلطی سے منسوب کئے گئے ہیں۔ (ملاحظہ ہو نولز نامہ،

جے اینڈ کے اکیڈمی. دیباچہ صفحہ ۱۹ اور ۲۰) ان کے علاوہ واکھ " آلیس وتے گیئس دتھے ... " " دمی ڈیٹھم ندو ہونی " اور " دمی ڈیٹھم گج دزونی ... " یہ تین واکھ گریرسن کے مجموعہ میں بالترتیب زیر نمبر ۹۸ ، ۹۶ اور ۹۷ درج ہیں۔ اور بھی ایک " کینتژن دیتھم بوت کہو توت . کینتژن یوت نہ تہ توت کیاہ " دو سطروں پر مشتمل ہے۔ چار سطر والا واکھ نہیں۔ دراصل یہ نو لزنے اور کئی عام کہاوتوں کے تحت درج کیا ہے۔ جو لفظ " کینتژن " سے شروع ہوتے ہیں۔ پس یہ نو نکال کر چھ واکھ باقی رہتے ہیں جو نئے کہلا سکتے ہیں۔ ۶

۴۔ للہ یوگیشوری۔ پنڈت آنند کول۔ مصنف نے بہت تلاش کے بعد للہ دید کے مزید ۷۵ واکھ حاصل کئے جو گریرسن کے مجموعہ میں نہیں ملتے ہیں ان میں سے ۹ واکھ (نمبر ۴، ۱۴، ۱۵، ۲۲، ۲۸، ۲۹، ۳۷، ۳۸، اور ۶۴) چار کی بجائے آٹھ مصرعوں پر مشتمل ہیں جو دراصل ایک نہیں دو دو واکھ ہیں اس کتاب میں یہ الگ الگ دکھلائے گئے ہیں۔ اس لئے یہ ۷۵ واکھ ۸۴ واکھ درج ہیں۔

۵۔ واکھ للہ ایشوری۔ اس مجموعہ کے دو ایڈیشن ہیں۔ ایک میں پی، اے، کے وانچو کا اردو ترجمہ اور دوسرے میں سروانند چراغی کا انگریزی ترجمہ واکھ کے ساتھ دیا ہوا ہے۔ مجموعہ میں کل دوسو دو واکھ ہیں۔ جن میں سے ۸۰ واکھ اوپر دئے ہوئے مجموعوں میں درج ہیں۔ اس لئے کل نئے واکھ صرف بیس ہیں۔ تو اس کتاب میں زیر نمبر ۱۳، ۵۲، ۶۹، ۷۵، ۷۶، ۷۷، ۷۸، ۷۹، ۸۱، ۸۲، ۸۳، ۱۰۰، ۱۰۲، ۱۰۸، ۱۱۱، ۱۴۹، ۱۵۴، ۱۵۸، ۱۶۳، ۱۸۹، ۱۹۱ درج ہیں۔

۶۔ بی بی للہ عارفہ مرتبہ حافظ محمد عنایت اللہ۔ اس میں دس واکھ بطور نمونۂ کلام للہ دید درج ہیں۔ جن میں صرف سات واکھ نئے ہیں جو اس مجموعہ میں زیر نمبر ۲۱۸ سے نمبر ۲۲۴ تک درج ہیں۔

۷۔ کلام للہ عارفہ مرتبہ قاضی نظام الدین خانیاری۔ اس میں پچاس واکھ بطور نمونہ پیش کئے گئے ہیں۔ جن میں سے کوئی بھی ایسا نہیں جو اوپر دی ہوئی کتابوں میں درج نہ ہو۔

۸۔ کاشُر شاعری۔ پروفیسر محی الدین حاجنی۔ اس انتخاب میں للہ واکھ کے نمونے ۲ سے ۵ صفحہ تک درج ہیں۔ جن میں تین واکھ ـــــ "کوسم باغس ہیوت مےٚ اژُن ...." یوٗن تہٕ پرٛان سوٗمےٚ ڈیوٗڈھُم" اور" کامس سیتےٚ پرٛے نو ترٛم ...." یہ تین واکھ نئے ہیں۔

۹۔ کشمیری زبان اور شاعری جلد ۲ (صفحہ ۱۱۲۔۱۴۱) عبدالاحد آزاد۔ اس میں ۸۳ واکھ بطور نمونہ کلام درج ہیں۔ لیکن ان میں کوئی ایسا واکھ نہیں جو متذکرہ بالا کتابوں میں درج نہ ہو۔

۱۰۔ کاشُرِ اَدبُک تٲریخ جلد ۱ (صفحہ ۱۴۵۔۱۶۳) اوتار کرشن رہبر۔ اس میں ۲۴ واکھ درج ہیں۔ اس کے علاوہ اسی کتاب میں اور صفحوں یعنی (۱۴، ۱۰۴، ۱۲۲، ۱۳۲، ۱۳۳، ۱۴۲، ۱۴۳، ۱۷۲، اور ۱۷۴) میں مزید ۱۲ واکھ دئے گئے ہیں۔ یعنی کُل ۳۶ واکھ درج ہیں۔ مگر ماسوائے ایک واکھ کے جو صفحہ ۱۴۳ میں درج ہے کوئی نیا نہیں ہے یہ واکھ بھی ۱۲ بند والا "وژُن" ہے۔ واکھ نہیں اور یہ "وَژُن" لل دید کا نہیں ہو سکتا ہے۔ اس "وژُن" کا پہلا اور آخری بند ملاحظہ ہو۔

زیٖنہٕ بروٚنٹھ آدمس زٕبن سارٕ مَسہ
لوٗہکی مےٚ سپٕزٕس فان
لَلہٕ نوٗت واتتھ اَنا دوٚپ مَسہ لہ
لوٗہکی مےٚ سپٕزٕس فان

لہ ممکن ہے بلکہ اغلب کہ یہ لفظ شاعر نے " دوپ نیہ" کہا ہو جسکا " مسہ" ہوگیا اور
للہ دید سے منسوب کیا گیا۔

۱۱۔ للہ دید ( جموں وکشمیر اکیڈمی ) پروفیسر جیالال کول و نندلال کول
طالب۔ یہ کُل ۱۲۵ واکھ کا انتخاب ہے۔ جس میں کوئی نیا واکھ نہیں۔

۱۲۔ للہ دید نمبر کوشُر سماچار ( کشیر سمتی کشمیر بھون۔ نئی دہلی ) اس
نمبر میں ۱۶۱ واکھ ہیں۔ پہلے ۱۲۵ واکھ وہی ہیں جو للہ دید ( مد ۱۱ ) میں ہیں۔
بلکہ اُسی ترتیب سے یہ واکھ دئے بھی گئے ہیں۔ باقی ۲۷ واکھ بھی متذکرہ بالا مجموعوں
میں ملتے ہیں۔ اس لئے کوئی نیا نہیں۔ البتہ اسی اشاعت کے دیوناگری حصے میں
پروفیسر پی، این۔ پُشپ کا ایک مضمون ( اخذ کردہ از کونگ پوش ) درج ہے۔
جس میں تمثیلاً دو واکھ درج ہیں جو نئے ہیں (ا) ژر ہمہ بر جس پیٹھ واتووُم ...." اور
(ب) کُلے پوزم، کُلے سوزم ...." ۲

(۱۳) تاریخ کبیر۔ حاجی محی الدین مسکین۔ اس میں مندرجہ ذیل " اشلوک"
بطور نمونۂ کلام للعارفہ درج ہیں۔ ۱۔" لا الٰہ الا اللہ محی کوزم ....." ۔
۲۔ ژھونڈنک بوزن بینہ ژون دِشن ....". ۳۔" لل بو دزا یس شو گواران..."
۴۔" اُسی اُسی تہ اُسی آسو ..." ۵۔" پانس لاگتھ روزدکھ منے تہ ...." ۶۔" پانے
کانسکھ پانے آسکھ ..." ۷۔" نار گرزِتھ سہن تہ عار گرزِتھ گالُن"۔ ۸۔ بکرس لل
زُن تزولم سپنس ..." ۹۔" بیگی کرِ جس تل کنہ زاگے ...." ۱۰۔" عشق ووکھ
واتج پشم ...." ان دس واکھ میں سے ایسا کوئی نہیں جو مندرجہ بالا مجموعوں میں درج
نہ ہو۔

۱۴۔ للہ واکھ۔ جے، ایل، کول جلالی ( چھاپ ۱۹۵۹ء ) اس میں کُل ۲۸
واکھ ہیں۔ جن کو مؤلف نے نئے واکھ بتایا ہے۔ مگر ان میں سے چھ واکھ ( نمبر ۱،

ع۱۵، ع۲۲، ع۲۹، ع۳۱، اور ع۳۹) آنند کول کی کتاب للہ یوگیشوری میں پہلے سے ہی درج
ہیں۔ (ملاحظہ ہو واکھ بالترتیب ع۳۱، ع۳۵، ع۴۰، ع۴۵، ع۳ اور ع۴۶) بلکہ
نمبر ع۳۱ واکھ للہ ایشوری (وانچو) مجموعے میں زیر نمبر ع۱۴ اور کاشرِ ادبچ تاریخ (افنار
کرشن رہبر) میں زیر نمبر ۴۶ پہلے سے ہی درج ہے۔ ان چھ واکھ کے علاوہ تین اور
واکھ نمبر ع۶، ع۱۳ اور ع۱۴ محی الدین حاجنی کی کاشر شاعری انتخاب میں بھی درج ہیں۔ یہ
نو واکھ نکال کر ۲۹ واکھ ایسے رہتے ہیں جو نئے کہلا سکتے ہیں۔

۱۵۔ لل واکھ چار پارٹ۔ گوپی ناتھ رینہ۔ ان چار حصوں میں کُل ملا کر ۹۳
واکھ ہیں۔ جن میں سے ۲۵ نو للہ واکھ (جلالی) ہیں اور باقی ۶۸ دیگر مندرجہ بالا کتابوں
میں درج ہیں۔ اس لئے کوئی واکھ نیا نہیں کہا جا سکتا۔

کُل واکھ جو لل دیدہ سے منسوب کئے گئے ہیں اور آج تک قلمبند کئے
گئے ہیں ۲۵۸ ہیں جو سارے اس کتاب میں درج ہیں۔

جیا لال کول

## ضمیمہ ۲

# تواریخی حوالے

## (۱) حالاتِ زندگی

(نوٹ: گول بریکٹ میں نمبر اندراج رجسٹر
گورنمنٹ ریسرچ لائبریری لال منڈی سرینگر اور
مسودہ میکروفلم کتاب وغیرہ کی تاریخِ تصنیف
درج ہیں)

(۱) کلہن کی راج ترنگنی میں ۱۱۴۹-۵۰ء تک کے حالات درج ہیں اس کے بعد لگ بھگ ۱۴۵۷ء تک کے حالات جون راج نے اپنی دوتییہ راج ترنگنی میں درج کئے ہیں۔ لل دید کے قریبی ہمعصر مورخ یعنی جون راج، شری ور، بودھ بھٹ اپنی تاریخوں میں لل دید کا کوئی ذکر نہیں کرتے ہیں۔ حالانکہ جون راج ۲ ملا نورالدین کو "نا پرم گرودم"۔ نورالدین مسلمانوں کے سب سے بڑے گورو، کے متعلق لکھتا ہے کہ سلطان علی شاہ کے دورِ حکومت ۱۴۱۳-۱۹ء میں اُن کی حرکات و سکنات پر پابندی لگائی گئی تھی۔ مگر لل دید کا کوئی ذکر نہیں کرتا ہے (ملاحظہ ہو شلوک ۷۲۶ دوتییہ راج ترنگنی، ایڈیٹڈ سری کنٹھ کول وشوبیشور آنند ویدک ریسرچ انسٹیچیوٹ ہشیارپور)

جون راج نے البتہ ایک اور واقعہ کا ذکر کیا ہے جو دلچسپی سے خالی نہیں (شلوک ۸۴۴) واقعہ یوں بیان کیا گیا ہے۔ ایک روز سلطان علاؤالدین کا بیٹا شہزادہ شہاب الدین اپنے تین ساتھیوں ملک جندا، آدرش راول اور راختاجی کے ہمراہ بغرض شکار جنگل کی جانب نکلے۔ وہاں کچھ دیر بعد ایک نالے کی رو سے ناگہانی تین یوگنیاں نکلیں۔ ان کی سربراہ (نایکا) نے شہزادہ کو دور سے ہی پہچان لیا۔ وہ سامنے آئی اور ایک شراب کا پیالہ تبرکاً شہزادہ کو دیا۔ اُس نے تھوڑی سی شراب پی کے پیالہ آدرش راول کو دیا۔ جس نے تھوڑی اور پی کے شراب کا پیالہ ملک جندا کو دیا۔ ملک جندار سب ہی بچی کھچی شراب پی گیا اور راختاجی کے لئے کچھ نہیں چھوڑا۔ روایت ہے کہ اس پر یوگنی نے پیشین گوئی کی کہ شہزادہ مشہور فاتح اور بادشاہ ہوگا۔ آدرش اُس کا وزیراعظم ہوگا اور ملک جندار سپہ سالار مگر راختاجی گھر واپس پہنچنے سے پہلے ہی مر جائے گا۔ چنانچہ کہتے ہیں کہ ایسا ہی ہوا۔

یہ واقعہ کئی آنے والے مورخ کم وبیش اسی طرح پیش کرتے ہیں مگر اس میں دو معنی خیز تبدیلیاں ضرور کرتے ہیں۔ اول یہ کہ جہاں جون راج شراب کا پیالہ استعمال کرتے ہیں وہاں اور مورخ یا اس کو شربت کا پیالہ بنا لیتے ہیں۔ یا شیر یعنی دودھ کا پیالہ۔ دوم یہ کہ جون راج کسی یوگنی کا نام نہیں بتا اور نہ ہی لل دید کا اس واقعہ کے ساتھ ذکر کرتا ہے۔ مگر کئی مورخ اس واقعہ کو لل دید کے ساتھ منسوب کرتے ہیں۔ معلوم ہوتا ہے کہ اُس زمانے میں مورخ لکھتے وقت اور کاتب نقل کرتے وقت اصل مسودہ کے متن میں حسب منشا تبدیلیاں کرنے سے عار نہیں کرتے تھے۔

۲۔ تاریخ رشیدی (مسودہ ۵۴۳) مرزا دوغلات جس کی تاریخ کا پہلا دفتر ۱۵۴۶ء میں کشمیر میں ہی مکمل کیا گیا تھا۔ اس تاریخ میں نہ تو شکارگاہ کا واقعہ درج ہے اور نہ ہی لل دید کا کوئی ذکر کیا گیا ہے۔

۳۔ بہارستانِ شاہی (مسودہ ۲۹۱ ۱۶۱۴ء) مصنف نامعلوم۔ اس تاریخ میں "کاسۂ شربتی" ذکر ہے مگر یوگنی کا نام لل دید نہیں بتایا گیا ہے۔ عبارت یوں درج ہے۔ "یکی جندار دیگر او دشاہ راول ویک اخناجی ۔ ۔ ۔ ۔ ناگاہ از آں جنگل زنی پیدہ شد کہ آثار صلاح و تقویٰ از سیمای وجہ او ظاہر و پیدا می نمود و آں کاسۂ شربتی پیشِ شہاب الدین آورد کہ ایں بنوش ۔ ۔ ۔ ۔"

۴۔ تاریخِ کشمیر (مسودہ ۳۹، ۱۸، ۱۶۱۷ء) تک حیدر ڑاڈورہ اس تاریخ میں پہلی بار "کاسۂ شربتی" کے عوض "کاسۂ شیر" کا یوں ذکر ہے ۔ ۔ ۔ "عفیفہ کاسۂ شیر پیش پادشاہزادہ آورد ۔ ۔ ۔ ۔" مگر یہاں بھی عفیفہ کا نام جتلایا نہیں گیا ہے۔

۵۔ اسرار الابرار (مسودہ ۵ فولیو ۳۲۰ ۱۶۵۴ء) بابا داؤد مشکاتی۔ اس کتاب میں پہلی بار یوگنی کا نام لل دید بتایا گیا ہے۔ ذکر یوں ہے: "در تاریخِ حسینی مذکور است کہ در تاریخ ہفت صد و چہل و ہفتم سلطان علاؤالدین بن شمس الدین بر سریر سلطنت نشست۔ وے را دو پسر بود شہاب الدین و قطب الدین و در زمان سلطنت او پسرِ مہتر او کہ شہاب الدین بود در جنگلے از معمورہ دور بہ شکارے رفت و در آں زماں للہ عارفہ گاہ گاہ در دشت و بیاباں میگشت۔ روزے در آں شکارگاہ بشہاب الدین ملاقات شد۔ و در آں حال با شہاب الدین سہ کس بودند۔۔ آں مجذوبہ عارفہ گفت بیا بنشیں و بنوش کہ دست در ہوا کرد و کاسہ شربت پیش شہاب الدین نہاد ۔ ۔ ۔"

اس کتاب میں اور بھی تفصیلات درج ہیں۔ یہاں لل دید کے شوہر کا ذکر ہے۔ بلکہ "سبوے آب" اور اُس کے معلق ہونے کا بھی: "۔ ۔ ۔ کہ آں مجنونۂ عاقلہ در اوایل در عقدِ شخصے بود و ہمہ اہلخانہ او از حال وے متحیر بودند و شوہرش گاہ گاہ بر وے خشم کردی کہ بر احوال او را آگاہ نہ بود۔ تا روزے سبوے آب از

دریا پُر کردہ ...... آب بر سرآں عاشقِ مجذوب معلق بماند ..... و ازاں یک تالاب شد کہ ہرگز تا ایں زمانہ خشک نے شود۔ و آنرا للہ تالاب میگویند۔ چوں از وے ایں چنیں حالات شہرت پذیرہ او بسیار شد۔ پس سر بہ بیاباں زود قدم در دشت نہاد .....“

اسی کتاب میں پہلی بار لل دید کے برہنہ چلنے پھرنے کا بھی ذکر ملتا ہے: ”... وگاہ بودی کہ در مغارہ دمیدان عریاں وگریاں می رفتی ..... وے بر سرِ شارع برہنہ و بے پروا بود تلیکے، زیں طائفہ بروے بگذشت چوں بدور سید فی الحال خود را خود پوشانید۔ واعضائے خود را ہم پوشانید و زانو بشکم بچسپانید۔ وے چوں ایں حال را بدید گفت اے دیوانۂ خدا وائے سرمست و شیدا ایں چہ حال است کہ تاحال ازیں را مردم انبوہ بگذشتند و تو برہنہ و مست نشستہ بودی و از ہیچ کس حیا نہ کردی۔ گویا احدے را حس نہ نمودی۔ اکنوں کہ در آنجاہ رسیدم در شرم و حیا شتافتی و اعضا خود بہم تاختی۔ گفت تاحال ہمہ زنان بیہودہ چہ پروا کنند۔ اکنوں تو مرد رسیدی و تن برہنہ من دیوانہ را بدیدی بر من ضرور شد کہ در شرم و حیا شتابم و جوارح خود را بتابم ..“

یہاں غور کرنے کی بات یہ بھی ہے کہ اگر استفہواب کرنے والے حضرات شاہمدانؒ ہوتے تو اُن کا ذکر یہاں ”یکے از طائفہ“ الفاظ میں ہرگز نہیں ہوتا۔ یہ کہنا غلط نہیں ہوگا کہ حضرت شاہمدانؒ اور لل دید کے ملاقاتوں کے قصے بہت سال بعد کہیں اُنیسویں صدی کے دوران قلمبند ہونے شروع ہوئے۔

۶۔ منتخب التواریخ (مسودہ ۱۱۹۲ ستمبر ۱۷۸۰ء) نرائن کول عاجز

اس تواریخ میں نہ لل دید نہ ہی شکارگاہ اور کاشہ شرتی کا کوئی ذکر آیا ہے۔ حالانکہ سلطان قطب الدین کے عہدِ حکومت میں ”حضرت امیر کبیر سید علی ہمدانی قدس سرہٗ“ کے کشمیر آنے کا ذکر ہے بلکہ تاریخ ”ابجد“ مقدم شریف آمد“ بھی دیا ہے۔ مورخ کے

